کتاب ——— زادِ سفر

شاعر ——— قاضی ہلال دلنوی

چھپن وری ——— ۲۰۱۳ء

صفہ ——— ۱۷۰

خوشنولیس ——— قاضی عاشق حُسین ۹۹۰۶۸۵۹۴۲۴

سرورق ——— قاضی عاشق حُسین

مول ——— زہ ہتھ روپیہ (۲۰۰/=)

تیداد ——— پانژہ ہتھ (۵۰۰)


## ——— پتاہ ———


۱۔ جناب قاضی منظور دلنوی۔ قاضی محلہ، دلنہ کشمیر ۱۹۳۱۰۱

۲۔ کتاب گھر۔ مولانا آزاد روڈ سری نگر کشمیر

۳۔ میزان پبلی کیشنز۔ بٹہ مالو، نزدیک فائر سروس سرینگر کشمیر

۴۔ سُہیل احمد شاہ۔ وانی گام پائین، پٹن کشمیر




مالک و مختار، خالقِ لیل و نہار
وحدہٗ لاشریک سِندِ ناوِ

کُنُے خالق کُنُے مختار اللہٗ
کُنُے مالِک تہٕ بخشنہار اللہٗ
ہیوان ییٚلہٕ ناوٕ تٔمی سُند سَتھ چھ سپدان
چھُ ایمانک کُنُے حقدار اللہ

(ق ۔ ہ)

# انتسابِ ثانی

جناب رحمۃ للعالمین، شفیع المذنبین، احمدِ مجتبیٰ

## محمدِ مصطفیٰ ﷺ

ھندِ پاکٕ ناو

جانِ جہان سُہ مومِنَن صَلِّ علیٰ محمدؐ
صَدر الصدور مُرسلَن صَلِّ علیٰ محمدؐ
باعثِ کُن فکاں نبیؐ رحمتِ اِنس وجاں نبیؐ
پانہٕ شفیع چھُ عاصین صلِّ علیٰ محمدؐ

(ق۔ ہ۔ د)

# ہُنٛر

چھُہٕنہٕ خاک بسر کانٛہہ تہٕ زمانٕس اندر سےٚ مےٚ ہیٚو
نےٚ کانٛہہ چھُہٕ عاب دار نہٕ کانٛہہ بے ہوٗنر سےٚ مےٚ ہیٚو

یارب ژٕ نےٚ عفو کَرکھ بچہٕ ئیچ سےٚ مےٚ براٮ۪ٹھ چھا
کانٛہہ اَکھ نہٕ یُھتھ یٮ۪تھرٕ تہٕ نہ کانٛہہ ہیٚتھ ہُنٛر سےٚ مےٚ ہیٚو

لا تقنطوا سےٚ مےٚ بُوز امی براٮ۪ژ چھُس زُوان
نٕتہٕ چھُہٕنہٕ گناہ گار بیٚیے ڈٕکھ کانٛہہ بیٚیے سَر سےٚ مےٚ ہیٚو

بَنہٕ نےٚ شفیع سُہ لوٗٹھ نبیؐ محشرس اندر
گژھ مُبتلا تہٕ وَنہٕ کمِس یہٕ خرٕ سر سےٚ مےٚ ہیٚو

چھم ما عمل سےٚ مےٚ رتٕرھ زِ کھٕسی ٹارِ ژٕ سےٚ یارب
بیٚہتر کرُن تگی وِن فقط ژٕ ئیٚ بُتر سےٚ مےٚ ہیٚو

جوٗر بھتن خدایہٖ باغ جہانُک ژرٕ رنگ بہ رنگ
کانٛہہ اَکھ تہٖ گُل بےٚ سایہٕ ہٕ کانٛہہ بےٚ ثمر مےٚ ہیوٗ

گٔری گٔری بہ توبہٕ نفسِ امارن ووٗلُس دوہے
باسان چھُمہٕ اَسہِ کٔنٛہیے دَر بدر سے مےٚ ہیوٗ

رُسوا گٔژھتھ بہ آسِ پوٗنُس ژیٚنی گُنٛہَتھ ہلال
تُلہِ کیاہ خُدایہٖ ستیٚ وِل زادِ سَفر مےٚ ہیوٗ



# یا اللہ

چون کمال نبس لوٗمہٕ راوان یا اللہ
چون جلال اختابس زالاں یا اللہ

تیوٗتاہ ہتھود چھکھ لوٗستھ ییٚو سونچک جبریلؑ
لفظن پلہٕ وِ ے اوٚت چھُنہٕ واتان یا اللہ

صُبحک شیتل واو ہتھکتھ ییٚو مان کران
شفقس عظمت وو شلُن کھالان یا اللہ

بُتھ بُتھ گُل اختاب وُچھان تیٚیہٕ بَربکہٕ آو
یمبرزل حیہٕ ہیچہٕ اُچھ نوٚمران یا اللہ

شبنم رالتس تسبیح پرِی پرِی موختہٕ ہران
زِٹہٕ افتابچہ پھلہٕ پھلہٕ سومبران یا اللہ

ٹوٗزی چھ دَم ہیتھ أندری چھوٗنے ناو سَران
پوٗشس ہتہ ہوٗ ہوٗ وُوھ گمہٕ ناواں یا اللہ

سائنی اَترِی زَردواں آشن نائفلی پوٗشس
رَحمٔژ روٗدِ ژ چھُکھ مُشکاواں یا اللہ

کیاہ ہینکہِ چون بجر وبرٔدھ ہتھ نادان ہلاآل
بے زانٔس اوٚت ظوٗن چھُہٕ واتاں یا اللہ



# مناجات

اے عرشہ والہِ کر عطا کیٛشرھا رٔژر مَنگے
نے عاًش عَشرتے منگے نہ مال زٔر مَنگے

نے توٚزھ نہ طاقتہٕ مےٚ چھُم نے چھَم لیاقتاہ
دِم سوٚنچ رُت تہٕ رٔژ عمل بدنگُ اربرٕ منٛگے

بے وایہِ مےٚ کُن آے کرٕتھ تھاًوی زمانن
یمہٕ پتر ژالہِ اُف تہٕ کرنہٕ تیشُتھ جگر منگے

یمہٕ اَتھ منگے پہٕ تتھی زِ لُگن پژتھ أکِس لکار
منگہٕ منگ کَرے زبٲنی مےٚ کاسُم کجر منگے

یمہٕ دِل رَچھِن تہٕ خوش کرن لوکِن بڑِن سٕرفی
نیٚرن زبٲنی میشانہٕ مُدری تتھی اَچھر منٛگے

گیہ وأنس رٕتکی ژأنگی زألِتھ چھس یہ گُذاراں
گٔٹ راتھ واتہِ انٛد یہ سٕے نوٗرِ سحر منگے

علمُک بحر سہ کرعطایُس ٹار ژیٚنۍ کھسی
یوٗتے پوٗرُم تہٕ پالہِ یُتھ سوٗنچس سنٛبر منگے

رُت کانٛچھنس مےٚ ژار کرٕنی ما تگہم زٕنہے
پرٕتھ کأنسہِ کیٚتُت بلا تمیز رُت پرٕزر منگے

ییٚنہٕ زانٛہہ گمانہٕ یُتھ گژھم کیاہتام چھُس تہٕ بے
نیٚرن ندامتس اندر اَکھ اَکھ پہر منگے

مَنگنس تہٕ منگن وألِ وَرتاواں تگن گری
ہٕتھ کر منگُن تگہم نہٕ یہ کیاہ بے ہُنر منگے

اَنہٕ گٹ چھ راتھ یاد چھو کل بارٕ گنٛڈی وتن
مانٛھتس یہ واتہِ سَہل مےٚ کرٕتم سفر منگے

منگنے تگہم نہٕ کأنسہِ مےٚ زَن حاجتھے بہیم
اَتھ دأرِ دأرِ منگہِ تہٕ رو باژیٚنۍ مگر منگے

شوہرت طلب یہٕ چھُسنہٕ نہٕ چھُم مالُ زر لگار
ہاوُم وزٕھو اۄچھو مۍ مدینُک شہر منگے

دِنہٕ والہِ دِم ایمان تہٕ اخلاص ہدایت
ہِنہٕ والہِ ییٚلہِ نِکھ جلوٕہ خیرُ البشرؐ منگے

دُنیاہ تہٕ دین ہاو ہلالس مۍ رُت رُتے
منظور وارٕ رۄزی تُم ہِی موختصر منگے

# اے ذوالجلال

دِل چھُم پھُھو کَل اوّش چھُم ہَران ! اے ذوالجلال و لَم یزل
مہلاہ کرِی کرِی چھُم پھِھاں اے ذوالجلال و لم یزل

راۆم مے تو تزھ آسے سو تاں کُس وَنہٕ تہٕ کُس چھُھم چارٕگر
آسے ژٕ لبِھہ تہٕ ہے کُن دَواں ! اے ذوالجلال و لم یزل

زخمن مۓ پشیاں خُون چھُم چھُو کہٕ لَد بَدن چھُم ہیر بوٚن!
کرٕ کُس طبیبس پنش بیاں اے ذوالجلال و لم یزل

گونہن مۓ گاہٕ مَتی چھم اَشر شرمندٕ چھُس اَندری مۓ تھر
منگہٕ ہا عفو زِ بو چھُم کلاں اے ذوالجلال و لَم یزل

شہہ ہیوّن مۓ گومُت کریوُٹھ چھُم وَر قسمتس اَزلَن لیوٚ کھُم !
ژٕ شُہہ ژٕ شُہہ مۓ چھُم زِل زِل دِواں اے ذوالجلال و لَم یزل

ژیِٚ شَرَف بخشُتھ آدمس    بیوٚن بیوٚن ژٕے وِڑھِتھ تھووتھس
جنّت شیٚہل، دوزخ رٕہاں    اَے ذوالجلال و لَم یزل !

اٚنٛدی اٚنٛدی مےٚ چھُم گرداب غم !    منز باگ ہمہٕ رٕوس ناو چھم
گیِٚژ کار ژھھڈ ہٕیٚ ہٕیٚ طُفاں    اَے ذوالجلال و لَم یزل !

زانٛکھ یہِ کیٚنٛژھا زانہٕ کُس    ہر جایٕنٛ ساری ژھایہِ ہوٚل
عالِم چھہ ہوٚکھی سے دَل دِوان    اَے ذوالجلال ولَم یزل !

واٴلنساہ ہلاکس گیہِ سران
لوُتاہ ستاں شُنیاہ وُچھاں
لیٚز لیٚز چھُ کیٚشا ہتاں راوِراں
اے ذوالجلال و لَم یزل



# لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ

بَس اَکُے راہِ ھُدیٰ
لَا اِلٰہَ اِلا اللّٰہ
مُومنن ہُنٛد کُن مُدا
لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ

سُے چھُ مٲلِک عالمُس
سُے چھُ خٲلِق کُلہُمس
سُے چھُ یمُ "کُن" دِیُت صدا
لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ

تٔمۍ سنٛدے گاہ آفتاب
تٔمۍ سٕنٛدے رنٛگہٕ پھوٚل گُلاب
تٔمۍ سٕنٛدی سٲری ادا
لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ

سُے اَکُے بس راہبر
گاش سُے کاساں گچھ ر
تَس منگُن کینْہہ کأنسہ چھا
لَا اِلٰـہَ اِلا اللّٰـہ!

سُے عطا ایماں کران
سُے چھُ جنّت بأ گراں
کَس چھُ طاقت تَس سِوا
لَا اِلٰـہَ اِلا اللّٰـہ

سُے چھُ علیم و خبیر
سُے چھُ سمیع و بصیر
تَس چھُ مویَن پرٛکھ کمھاہ
لَا اِلٰـہَ اِلا اللّٰـہ

سُے چھُ لوٚڈ روزی رسان
منگِتہٕ روٚس سارِنی دِوان
اَتھ اندر کانْہہ بَن چھُما
لَا اِلٰـہَ اِلا اللّٰـہ

سونٛتہ پھولراوان چمن
ہر دٕزرداوان کھٔمن !
ماگہٕ وِزٕ اکھ نوٚو ادا !
لا اِلٰہ اِلاّ اللہ

اوس ییٚلہ کینٛہہ اوس نے
آسہ ییٚلہ کینٛہہ آسہ نے
روزِ سُے باقے فنا !
لا اِلٰہ اِلا اللہ

سُے فقط معبود چھُے
سُے فقط موجود چھُے
سُے کرُن حاجت روا
لا اِلٰہ اِلاّ اللہ

مالکِ موت وحیات
سُے دِوان غمہٕ لنشہ نجات
کائنسہ یُتھ طاقت چھُا
لا اِلٰہ اِلاّ اللہ

سُے سرُن شام و سحر
لٔسُی نمُن بس شش پہر
کیٛا سُہ مٔشراوُن پرٛزنیا
لَا اِلٰہَ اِلا اللّٰہ!

پاأدِ کوٚر تمیٚ کُل جہان
یرٛزِھ تہٕ سُٔری سے سپدِ فان
مأکٲہ موحتاج ما
لَا اِلٰہَ اِلاَّ اللّٰہ

بَس چھُ کأفی سُے ہلاٰل
کاسہٕ دُن رنج و ملال
وُچھتہٕ أدِ پرواے ما
لَا اِلٰہَ اِلاَّ اللّٰہ



# عرفانہٕ جٔرتم

یہٕ چھُس بے خبر ووٚنی خبر دار کرتم
مےٚ داماہٕ ژھوٚر چھُم یہٕ عرٕفانہٕ بٔرتم

دِوان چھُس یہٕ آلو تہٕ کاشہٕ چھُمہٕ بوزان
پوٚلتُس آس آٚغوژییٚ کُن بٔرمُژرتم

گیم گٹہٕ یہٕ اٚسم پٔنٕنی خام کاٚری
ژےٚ چھُے دستگاہ ژٕے ؤتن زوٗل کرتم

اَلَسْتُکْ سُہٕ آلو کَنن وُنہٕ گژھان چھُم
مُشِتھ گوم قَالُوْا بَلٰی یاد کرتم

یہٕ پھَلِہ پھَلِہ گوٚمُت چھُس پھوٚژُم نفسِ ظاٗلِم
دِتم نظرِ عرفان تہٕ لوٗسہٕ سوٗشبرتم

مےٚ پڑٛھ آوٕ سیمٕژ اماٚرس لٕجم سٔتن
کوٚرٕس رٔدزٕ مانٛن پٮ۪ہ لٔژھ ووٗنی ووٚتھرتم

گوٚمُت ژوٗنگ ژھیتہٕ چھُہم تہٕ رأمٕژ وٕتھےٚ چھم
گٔٹس زوٗل کرٔتم تےٚ نوٗراہٕ جٔرتم

أندٕرِی ووٗنٕد مٔژرٕ حأری سالو مےٚ تُلِہم
ئری نیٚبا ےأندرِم تہٕ نیٚبرِم أنزٔرتم

کرٕہم کُس اکھا سو چھہ ژییےٚ روٚس کُس چھہ قدرت
زُوٗن پاے ژےٚ آگنہٕ ژےٚ لول برٔتم

کرٕم أدرٕ کھل نیٚبرِمیو وأری دالو
دِلک خانہٕ "وَالنّورٕ" کے نوٗرٕ جٔرتم

گرٔژھکھ دٔے ژےٚ آگوٗ یمِس لٔتس نہٕ پروا
ہِلالٕس طٰہٰ بٔس مےٚ عرفانہٕ جٔرتم



# یا اللہ

چھُم کُڈر سات سات یا اللہ — وات دادس وِں وات یا اللہ

چھُکھ ژٕ عالی صفات یا اللہ — اَسی تہٕ وأراں جہات یا اللہ

"کُن" ووٚنُتھ تام کٔن جہانس لوٚگ — نوٚن سٔپُن شَش جہات یا اللہ

اوٚزِھ تہٕ ناپایدار کُل عالم! — چھی فقط ژٕییٚ ثبات یا اللہ

گُل رنگا رنگ تہٕ نُور اختاب کٕٹ — یمہٕ تہٕ چانی صفات یا اللہ

زُون تارک کران ژٕ ے روشن — گاشراوان رات یا اللہ

گژھِ فنا بحر و بَر فضا تہٕ فلک — روزِ اکھ چانی ذات یا اللہ

بقاوِہم نے لوٚتس گوٚبس مأفی! — میانہٕ بچہٕ پنچ تہٕ بات یا اللہ

کُس ہلالس ژٕ ے روٚس چھوکن مَرہم — باوِ کُس حأری ثنا تھ یا اللہ






دِم لول نبیؐ سُنٛد مےٚ اَکھ لولس ہُرٕ بر دِتم
یُوتُے مےٚ شوق چھُم تہٕ اَکھ شوقس درٕ بر دِتم

لاکم زمانہٕ ڈٕج کراں مُنٛزی چھُم عقیدلتس
کَر رأچھ ارادس تہٕ یقینس سبزرٕ دِتم

چھَم ناوگٕڑھاں آوٕلنس کُن تہٕ ڈلاں ہوش
وِجہ واوٕتیےٚ لگہٕ حوصلہٕ ہمت جگر دِتم

خوش خوے بہاوتم زمانگُ ٹٕرٕوک موٗدُر وُچھتھ
دِل اَکھ سمندراہ تہٕ زباں پُرشکر دِتم

گیہ دُشمن نصیبہٕ "لَا تثریب" شُہج کرٕ یکھ
مےٚ چھُم خوف عذابُک تہٕ کاہٕنہٕ آلو زَبر دِتم

عشقِ نبیؐ، یقین کامل، ذوقِ بندگی
بُوتے چھُ سبھٹاہ کینہہ منگےَ نہٕ امہٕ نبر دِتم

طمیحہ طنابہٕ نفسہٕ گدٲمس منٛے گنڈ مُژر
ٲٹھرِ کاستم وَتن منٛے سری لَبس سبزر دِتم

مونگمےَ نہٕ مال زر منٛے دِم تتہٕ چھُنہٕ حسر کُنہے
عرفانہٕ کھاسی حیاوتم لولکی انبر دِتم

کَرہم اگر عفو منٛے ہلاکس چھُ بچن باکھ
یُس چانہٕ آیہٕ آسہٕ فقط سُے ہُنر دِتم



دِلن یُس مُون بَس مانُن محمدؐ
چھُ بختاور توگُس زانُن محمدؐ
قرآنس معنہٕ زانُن بڑ کُھتہٕ چھا
اما گوڈٕ عقلہ منز آنُن محمدؐ

(شُرٕ ہنٛدِ خاطرٕ)

# اے خدا

بنٛدٕ چاٲنۍ أسی چھِ ساٲری اے خدا
چھِ منگان رحمت پتہٕ یاٲری اے خدا

کَر أرٕ بَدنَس، دِیُس فرحت عطا
سونچہٕ کِی مُژراو تاٲری اے خدا

کاسہٕ ہو دِے ماے بَرٕ ہو پانہٕ واٲنۍ
لول وُرتاوو ژھٕ یاٲری اے خدا

گژھہ بنٕہ عٲلمچ ترٛیشٕ وُمبرٕ زانہہ ہَمنۍ
عٲلمہٕ سوٗ دراہ کرتہٕ جاٲری اے خدا

گوڈٕ تھہ بنٕہ اَسہٕ زانہہ یُن اَزرُون کانٛسہٕ ہُنٛد
کاس اَسہٕ حسدٕچ بیماٲری اے خدا

کر عطا سانین دِلَن عٔلمُک سُہ نوٗر
پھیرِ یمہِ کےٚ گاہ ژوٚ پأری اے خدا

گوٚژھنہٕ کاشہِ اِنسان روٗشُن اکھ أکِس
عام سپدرِن دوسدأری اے خدا

ییمہٕ تین اکھٕ روٚٹ، غرٟبن رُت کرَو
کرَ ہدایت تیٚتھ یِتہٕ یأری اے خدا

آو لاران دوٚکھ زداہ ژٟنی کُن ہلاَل
بوزتَس لِلّہ وِن زأری اے خدا



# چاۓنی نعت

ژیٛھہ ژیٛھہ لبکھہ ہا چاۓنی نعت
آغوٗش پیٚرٕہا چاۓنی نعت

چھُم ایمان مےٚ چوٗنےٚ لول
بوٚڈ سرمایا چاۓنی نعت

موٗلہٕ وُن حُسناہ چاۓنی ذات
للہٕ وُن عشقاہ چاۓنی نعت

پھولہٕ وُن سوٗنتھاہ مَرتب چوٗن
خوشہٕ وٕنی پھُلیشاہ چاۓنی نعت

زٕلہٕ وٕنی کٔڑاے چھُہ وقتُک روٗح
شیتل سایا چاۓنی نعت

حُورَو ڈٔرۍ گٔنڈِۍ شب معراج
وَہِ وان کیٛا کیٛا چانٛی نعت

مِل گٔرٛژھ قَلمس عرق گوٚلاب
اَدِہے لیکھِہ ہا چانٛی نعت

بُتھہِ بیٚلہِ لگِہ زٕلہِ وُن اختاب
تَتِہ بَس سایا چانٛی نعت

چھُم وُں ہلالس یُوتے کھوٚد
رَتی رِتی لیکھِہ ہا چانٛی نعت





سٔمتھ سأری پرو نعتِ محمدؐ
وِرد پرٛتھ وِز کرو نعتِ محمدؐ

صراطس ہے ترُن تتہِ باسلامت
دوہس راتس سرو نعتِ محمدؐ

شُبان ہمتہٕ ذکرِ حق تسبیح تہلیل
یمَن پتہٕ بڑو تھہ جرو نعتِ محمدؐ

رٹِھو تعظیم محبوب خدایسؐ
وُلو از باگرو نعتِ محمدؐ

کرِلو رحمت عطا کاسیو سٔری غم
پرٛو حض مومنو نعتِ محمدؐ

وۆنو لَا تَرفَعُوٗا اَصْوَاتَ روٗہن
اَدب زٕچھی زٕچھی پرو نعتہِ محمدؐ

دِلس کھٕنٕز کھٕنٕز تھَوو سَیدَو منوٗر
ڈٲکس پیٚنہٕ لنس جَرو نعتہِ محمدؐ

اگر ایمان ہیتھ نیرُن ہلاآ
پنُن عادت کَرو نعتہِ محمدؐ



# بَلَغ العُلےٰ بکمالہٖ

دِپہ پانہٕ رب یَس سَروری    تَس کیاہ وَنُن تس کیاہ کمی
تمہِ شانہٕ اعلیٰ پایہٕ چھی    ییتہٕ دَم بخود کمہٕ کمہٕ نبیؑ

ثابت شبِ اسریٰ چھُ تی
بَلَغ العُلےٰ بکمالہٖ

تیتھُے خوب رویا بنیہٕ تہٕ چھا    تَتہٕ زُون کیشاہ اختابہٕ کیثا!
گٹہٕ کأس تمُیٔ صَد مرحبا    کُفرُک کرُزٕل گوٚل باخُدا

گوٚو زوٗل ایمانُک سُہی
کَشَفَ الدُّجےٰ بجمالہٖ

تیتھُے نیک خویاہ کُس سنا    خلقُک سُہ مخزن خوش ادا
بازارِ طائف اتھ گواہ!    بنیہٕ کانہہ تہٕ لاتثریب چھا

وۆن عالمن پڑتھ سایہٕ تی
حُسنُت جمیع خصالہٖ

مُلکو تہٕ پۆر صَلِّ علیٰ فلکن وِرد صُبح و مَسا
پڑیتھ اَنٛدٕ درۆدن ہُشد صدا روشن گرٛھان اَرض وسما

اَدٕ مۆمِنو وۄ کھنو پی
صَلُّوا علیہِ وَاٰلِہٖ



بنوٗم ییلہِ بنی رحمتٕ مےٚ رہبر
عطا سپدٕم گلابک مُشکِ اَدفر
پہٕ کینژھا زاہھتہٕ منونگمس عاجزی سان
عطا کورنم مےٚ نمہٕ کھوتہٕ زیادٕ بہتر

# حُسنِ سیرت لیکھ

حُسنِ صورت تہٕ حُسنِ سیرت لیکھ
چھُبہٕ بتٕرُ تلہٕ سٕہ نعتِ حضرتؐ لیکھ

کتھ تٕ دِکھ ووّن تہٕ نٔنۍ کڈکھ اوصاف
پٔر تہٕ قرآن کاںٛہہ تہٕ آیت لیکھ!

شانکھ یینہٕ بێنِہ کنِہۍ تھٔوکھ ہرگز
وَن تمِس چھُے سُہ عاںٛ شفقت لیکھ

چھُے بچَن باتھ بس نبیؐ سُند لول
دوّن جہانَن چھُے سُے ضمانت لیکھ

گوو اَتُرُ تٔسۍ وَنُوٕ تہٕ سُے کرِیاے
ژُورِ کیاہ تھاوِ نٕ صداقت لیکھ

باوتُس بأنہٕ بأنہٕ حال پَنُن
دأدی أندرِم پینٕہ بناوتھ لیکھ

چارٕگر پانہٕ چھُے مدینس منٛز
نادلأیِی تٕہٕ دردِ فُرقت لیکھ

دأدی ووتلن تہٕ غم ہلالہٕ مہ بَر!
دأدی کاسنہٕ تمُس چھُ عادت لیکھ



# صَلِّ عَلےٰ مُحَمَّدٍ

شوق چھُ میون رہنما چھُس بہٕ مدینہ کُن پکان !!
ہَنا نِدا منفاہ بدس ہنا وو مید چھَم گنان
ٹھکم منزٕ کوٹھی دَوان دَوان لوسہ منزٕ اُچھ وُچھاں وُچھاں
چھُم یہ سکت مگر ہُراں ییلہِ تہٕ درودِ چھُس پَراں
صَلِّ عَلےٰ نبیّنا صَلِّ علےٰ مُحَمَّدٍ
صَلِّ عَلےٰ رَسُولنا صَلِّ علےٰ مُحَمَّدٍ

تھیکِتھ بہٕ لَرٕ وَتن ڈُوس، وَتھ زُلیم ھَلم برَہم
آکھ تہٕ چھِو کھ بَلن یِتھے آغہٕ یِنِز نظر کرم
آوِ لِنس منزٕ ناو لَجِ تھندِ اِشارٕ بوٗڈھ لگیم !!
گرزھم منزٕ بخ بیدار یوٗد درودِ پرس تہٕ کُن تھوٗم
صَلِّ عَلےٰ انبیّنا صَلِّ علےٰ مُحَمَّدٍ
صَلِّ عَلےٰ رَسُولنا صَلِّ عَلےٰ مُحَمَّدٍ

یمِس فلک چھُ زیرِ پا یمِس فِدا چھُ کُل جہاں
اَکھاکھ حرف یِنْد قُرآں مکان یُس چھُ لامکاں
یمِس علم حَدو نبیر، اُمّی لقب خدا تھئیکان !
شہ مُجتبےٰ اُسہ مُصطفےٰؐ پزی چھُ وجہِ کُن فکاں
صَلِّ علےٰ نبیّنا صَلِّ علیٰ مُحمّدٍ
صَلِّ علےٰ رسولنا صَلِّ علیٰ مُحمّدٍ

صداقتس شرافتس، امانتس نہٕ جورٕ کانٛہہ !
نزاکتس، نفاستس، نجابتس نہٕ جورٕ کانٛہہ
فصاحتس، بلاغتس، وجاہتس نہٕ جورٕ کانٛہہ
نبیؐ سری نبیؐ یہٕ اکھ نبوّتس نہٕ جورٕ کانٛہہ
صَلِّ علےٰ نبیّنا صَلِّ علےٰ مُحمّدٍ
صَلِّ علےٰ رسولنا صَلِّ علےٰ مُحمّدٍ

لگیکھ تھزر ہُری بجر درودٕ پرٕ سلام پرٕ ! !
دِلس سکون ہیٚچھ نظر کر درودٕ پرٕ سلام پرٕ
پران ملک فلک بشر درودٕ پرٕ سلام پرٕ !
یہوے وِرد وظیفہٕ کر درودٕ پرٕ سلام پرٕ
صَلِّ علےٰ نبیّنا صَلِّ علیٰ مُحمّدٍ
صَلِّ علےٰ رسولنا صَلِّ علیٰ مُحمّدٍ

سُہ رحمتا خطا زدن شیٖہل تہٕ سایہ کرٛایہ لدن
چھِہ پرٛژھ ھُراں بے کسن بشارتھا چھُہ غم زَدن
سُہ مُدّعا چھُہ عاشقن سُہ مقصدا چھُہ عارفن
ہلاؔلہ بس درۄدٕ پرتہٕ دۄدَونن تہٕ گُل پھولن
صَلِّ علےٰ نبیّنا صلِّ علیٰ مُحمّدٌ
صَلِّ علےٰ رَسولنا صَلِّ علیٰ محمّدٍ



سٔری سٔری تہ سرٕنے رود سُہ اسرار محمدؐ
وٕنۍ وٕنۍ تہٕ ونہٕ نے رود سُہ اِظہار محمدؐ
تھکہٕ رۄس اَزٕنگ تامتھ لیکھاں سونچاں تہٕ وناں رۄدی
موٗلہٕ واں چھِہ قلم، سونچ تہٕ گفتار محمدؐ





اے حبیبِ کبریا صلِّ علیٰ
پیشوائے انبیاء صلِّ علیٰ

تُھنٛدِ پیٛنہٕ گٹہٕ کار نزوٗل شولیوٗو نَب
مَطلعِ نورِ ھُدیٰ صلِّ علیٰ

روزِ محشر ییس نہٕ کانٛہہ فریادرس
آسہٕ سُہ تہٕ زیرِ لِواء صلِّ علیٰ

نامرادن بَس ہتھی تسکین دِل
رہبرِ راہِ وفا صلِّ علیٰ

نوٗر صُبحک پرتوٕ آس والضحیٰ
مرحبا شانِ خدا صلِّ علیٰ

ساںٛہ آرا مچ سِیاہ تأریک راتھ
لام والّلیلک ہَنا صَلِّ علےٰ

معجزو منٛز معجزاہ شقُّ القمر
سائباں اوٚبرُک عطا صلِّ علےٰ

فقرُ فخری اوٚنِتھ بخشُن تخت تاج
بوٚڈ شرف صد مرحبا صلِّ علےٰ

کائناتک ذٕر ذراتا تھُہنٛدِ ہستی
حرفِ لولاکٔ لما صلِّ علےٰ

حق وُنان بیٚنہٕ ستی ہیتھ ساری مَلک
پی چھُ بَندن پیٚٹھ روا صلِّ علےٰ

موں زِیٚہ اَکھ ناسہٕ تڑاساہ چھُس ہلال
عادتاً بخشو خطا صلِّ علےٰ



# مرحبا یا نبی صلی اللہ علیہ وسلم

واو مُشکہٕ دار چھے اَز دِل کُشا
یُتھ مُعطّر چھُکھ یہ کیاہ نُو قوہ درتھا
ژُ رے دوہ ہیے گُذران آنگنۍ سانہٕ چھکھ
اَز نبیؐ سُند کوچہ مُنزی آمُت چھُکھا

گَمتھ کریتھ آمُت ژٕ ما تِمتھ گُنبدس!
چھُس تَوے شیٚہجارٕ شیٚہلاں باخدا
یتھ چھُما نُورانہٕ ہیٚر بوٚن ذرٕ ذرس
یتھ مُعطّر ماگوٚمُت سورُے فِضا

دُدوَنن ما اَز یتھے گُلزار پھوٚلی
یتھ تہِ ماکُنڈی کار گوو سورُے فنا
یہ چھُ نبیؐ مختارٕ سُند سورُے کَرم!
یہ چھُ نبیؐ جانانہٕ سُند کوٚرمُت عطا

سُے نبیؐ یُس رحمتہ للعالمینؐ
سُے نبیؐ یُس، طٰہٰ مرحبا!

سُے نبیؐ یمُ سُند کرم دوّن عالمن

اَکھ نظر یمُ سنٛز چھ ئِزی کِنی کیمیا!

سُے نبیؐ یَس وِرد اِغفر اُمتی!

سُے نبیؐ یَس مہربان تَس غم چھُ کیٛا

سُے نبیؐ یُس محشرس اَندر شفیع!

سُے نبیؐ ملجا تہٕ ماوٰی رہنما

سُے نبیؐ یمُ عرشس و فرشس شوٗب اَنی

مرحبا صد مرحبا صد مرحبا

دوّن جہانن منز یمِس نے کانٛہہ مثال

شوقہٕ یمُ سِندِ پاٴدِ گوو ارض و سما!

یَس شبِ اَسرٰی عرش بوٗ زیرِ پا !

یَس حقن کرٕ مژ عطا نوٗرٕچ رِدا !

یَسنہٕ پٔرژھ آسی نبیؐ سنٛز نے یقین!

کیاہ سُہ اوّن زانٛنی مقام اِصطفا!

ٹھیپھ ہلاسٕس چھم تَسِندِس دامنس!

روزِ محشر سُے رٹِھم زیرِ لِوار ! !



# ژٕ افضل یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم

ژٕ کٲمِل یا رسول اللہؐ　　مکمّل یا رسول اللہؐ
ژٕ مخلوقن اندر اوّل　　ژٕ افضل یا رسول اللہؐ

مےٚ کوٚر وقتن پتہٕ نفسن ژھل　　گیم غفلت کٔرِتھ گاٹل!
پیٚیم اَترٕ بن ہٕنزٕ رے کرتل　　مسلسل یا رسول اللہؐ

بہٕ اوُس شوٚد مُسلماناہ　　عجیبے آو طوٗفاناہ
یِرٕ رے نیوٗنَس بہٕ ناداناہ　　ڈٕجِم کُل یا رسول اللہؐ

ٹوٗگُس ہر ساتہٕ یچھ کارٕن　　کوٚرُس لِژھ نفسِ اَمّارن
عمل وُچھ وُچھ بہٕنز تھارٕن!　　بہٕ اَرزل یا رسول اللہؐ

کوٚرُم پانَس مےٚ پانے شَر　　بہٕ حالَت چھُم اَوَے اَبتر
خدارا پٔرِتھ اَکھا کٔرِتھ نظر　　کرُم حل یا رسول اللہؐ

ژٕ لیسین حض تہٕ ژٕ ے طٰہٰ          مُدَثِر چھی وَنان مولا !
مُزَمِّل پوٗر تہٕ پرٕ کبٕتھہ چھا          ژٕ اَکمل یا رسول اللہؐ

أندٕری زخمن ژٕ ے نِش مرہم          ژٕ یٖس آسکھ تِمس کیا غم
ہلالؔ آمُت کرِٕتھ سَر خم          ژٕ ے بَرتل یا رسول اللہؐ



# رسولِ محترمؐ

صلی اللہ علیہ وسلم

کُل جہانس خاص رہبر بس رسولِ محترمؐ
اُمتس چھُے ڈَکھ تہٕ رہبر بس رسولِ محترمؐ

بخت بوٗڈ سوزان یُس دوہ راتھ چھُس پیٚہم دروٗد
تَس دِوان بخت سِکندر بس رسولِ محترمؐ

سُے چھُ دو لوٗنٕز عالمن ہُنٛد تاجدار آہ بے بَدل
سارنے نبیٲن چھُ اَفسر بس رسولِ محترمؐ

تَس سِوا کھوو ما خدایَن اُمتّس کانٛہہ چارٕ گر
سۭتھ گنہگارَن برابر بس رسولِ محترمؐ

معجزاہ کانٛہہ کانٛہہ خدایَن بخشمُت نبیٚن مگر
معجزن ہُنٛد بارٕ دفتر بَس رسولِ محترمؐ

اَکھ موٗلُل سرمایہٕ تہٕندُے لول للہٕ وُن صبحُ شام
یس صدف دِل تَس چھُ گوہر بس رسولِ محترمؐ

نابکارَن ، روسیاہَن تام رحمت بأگران
یَسلہٕ چاواں آبِ کوثر بس رسولِ محترمؐ

چھِہٕ ہلاسَ نیک عملاہ تَوٕنہٕ ایژاہ آسِش چھَس
بٲڈ سفارِش روزِ محشر بُس رسولِ محترمؐ



# نعت

رسولِ خدا مہرباں اللہ اللہ
چھُ کُس یُتھ کھڑز دَرجہاں اللہ اللہ

سُہ گفتار تٔمی سُنٛد سُہ کِردار تٔمی سُنٛد
اَکھ آیہِ وِبژھ نِتھ قرآں اللہ اللہ

جَمالَس وُچھتھ زُون مَنٛزِ چھاں ژھوداَہم
جَلالَس نہٕ تاپھیٚ دَراں اللہ اللہ

کمالَس نہٕ واتان نَے واتہِ کاشرٕ ھا
خیالَس وُچھم پرَ دَزاں اللہ اللہ

یِمو بارِ کُنٛڈی ٹھاوی ووہِ تھر تھوتن منٛز
رٕتمن پوشہِ گوٚنڈی یأ گراں اللہ اللہ

غلامن دِواں رُتبہ پاٚدشاہی
مگر پانہٕ پھِرس بہاں اللہ اللہ

یتیمن پَھقر یتیمن سَایہ بھاواں
وُچھاں غم ندن دِل رَچھاں اللہ اللہ

ہلاکس نہٕ پروا سہ زنہٕ ترٛووسَرِ وے
مگر چھُس نبیؐ مہرباں اللہ اللہ



# سلام

چھُو شہنشاہِ دوٚ عالم یا رسول اللہؐ سلام
تھُہ ہَمہ نوٗرِ مجُسّم یا رسول اللہؐ سلام

ییٚلہِ مےٚ زانِہہ اَتھ لغٕتہٕ سۄدرس زٲلی دِتی عاشق بٔنتھ
لٔجِ مےٚ اَتہِ دُرداٛنہٕ کمہٕ کم یا رسول اللہ سلام

موٗسہنؑ اَرِنی ووٚنُن دۄد طوٗر تابے ما اوٚنُن
تُہندِ باپتھ عرش گوو خَم یا رسول اللہؐ سلام

آسہِ کُس تَتہِ تابِ گوٛیائی سفارِش ہٕنٛڈ کتھا
بس شفیع تَتہِ تھُہ مُسَلّم یا رسول اللہؐ سلام

رحمتہً للعالمینؐ چھُو نازِ یتھ پیٹھ حضِ کران
جِن ہٕ ملک ہٕ اولادِ آدم یا رسول اللہ سلام

کوٚر صدیقِ رضؓ وُچھنہٕ روٗس تصدیق پرٛتھ لفظس حضورؐ
گوٚو یہ آسُن لول محکم یارسول اللہؐ سلام

تُہُندِ فرمانک سُہ شیدأیی بدرس تلوار ہیتھ!
غازی فاروقِ اعظمؓ یارسول اللہؐ سلام

باحیا عثمانِ عفّانؓ جامعِ قُرآنِ پاک
نیٚرمی مشہورِ عالم یارسول اللہؐ سلام

حضرت علیؓ شاہِ ولایت نامور شیرِ خدا
بے بدل دانائے عالم یارسول اللہؐ سلام

ییٚلہِ گیمہٕ کلّ لو پہِ کُنہہ قرآنی آیاتن وُچھتھ
وَدِنہ تُہنٛز سیرت مےٚ آیم یارسول اللہ سلام

چھُم بلالس اَکھ موٗل سرمایہ تُہنٛدے لول بس
بھاو دِ لو اکھ بیٛتھ مےٚ بیہم یارسول اللہؐ سلام



# زمیں زماں چُونے

یا محمدؐ زمین زماں چُونے
کیا عَرب کیا عجم جہاں چونے
سَیُدِ نازِل قرآنُ الفُرقان
آیہِ اَکھ اَکھ مَدح کراں چونے

فرش تا عرش سأرگاہ سَیدُے
از اُفق تا اُفق بیاں چونے
پوش اَکھ اَکھ وُبھر بنأوِتھ زِلو
باغ سورُے درُودِ خواں چونے

لول رُژھران آنہِ لیُس اَکھ چُون!
آسہِ لتس سایہِ سائباں ییونے
ژِے شفیع اُمتس گُلس رَحمت
یُس تہٕ کانہہ اَکھ وُچھُم مھٕکاں چونے

ژِے مُزّمِل تہٕ ژِے مُدّثر چُھکھ
حق چھُ کیاہ کیاہ صِفت کراں چونے
راز اَندرِم پنُنٕ رِدہٕ بن باأوی
رَبّ تہٕ رَہ حِفظ یانہٕ رازداں چونے

کأرتھو ابتدا بے حسّاں لیوکھ
یُور چھُھ نعت وُنہ گرٹھاں چونے
دَر ندامت ہلال لایاں ناد!
چِھس بچن باتھ بَس اماں چُونے




روٗٹ گلاَبوٗ رنگ زِ روئے آنجنابؐ
مُشک ژھوٗٹ پوشوٗ زِ بوئے آنجنابؐ

باغ یُتھ پھولِہ وُن بہارُک صُبح دَم
غنچہٕ ہتھن باسان خوئے آنجنابؐ

مال دولت پادشاہی کیا خَسر
عاشقن بس جُستجوئے آنجنابؐ

تارکن منز زُون یِتھ کُنہ گاہ ژھٹان !
کائناتس آبروئے آنجنابؐ

یُتھنہٕ بزم آوی یہِ دُنیاہ بے وَسا
لولہٕ ہوٗت دِل تھاو سُوئے آنجنابؐ

جَنّتُک ہاوُس مُبارک زآہدس
دین و دُنیا چھُم مےٚ کوُیے آنجنابؑ

ژٕ چھُہ راحت دوٚن جہانَن ہُند ہلالؔ
یَس دِلَس منٛز آرزوٗے آنجنابؑ



# صاحبِ قرآن صلی اللہ علیہ وسلم

شاہِ خوبان صاحبِ قرآن | جانِ ایمان صاحبِ قرآن
عالمس شان صاحبِ قرآن | اَسہِ چھِ نازان صاحبِ قرآن
گوٚ مزیّن زِ نورِ پرُ اَنوار!! | کیاہ چھِ شوبان صاحبِ قرآن
آو "اَلحَق" تہٕ باطِلن کھیوٚو تراس | باطلس فان صاحبِ قرآن
رحمتُک آبشار گوٚو جاری | پھوٚل گلستان صاحبِ قرآن
سُے مُدثِرّ تہٕ سُے مُزمّل آو | عکسِ قرآن صاحبِ قرآن
پیٚٹھ رفعت زِ روو ییٚتہٕ اِدراک | کوٚت باشان صاحبِ قرآن
شبِ معراج چاو مَلکن اوس | اَز چھُ مہمان صاحبِ قرآن
یَس یَدِ بن تل چھِ قیصر و کسریٰ | سُون سلطان صاحبِ قرآن
آیتن رب ہھولس پَنُن کوثر! | روزِ چاوان صاحبِ قرآن
مہرتا ماہ کوٚت سنا واتن! | نورِ یزداں صاحبِ قرآن

چھُم ہلالس مےٚ دوٚن جہانَن شوٚب
جانِ جانان صاحبِ قرآن

# سلام وٕنی زہس

واوو شہے مدینیس میانٕی سلام وٕنی زہس!
با صد ادب تہٕ وٕنی زہس با احترام وٕنی زہس!

وٕنی زہس چھُ نابکاراہ دوہ راتھ خوٗن ہاراں
چھُس پیچ و تاب وٕنی زہس روٗس آرام ......

یُتھ روے نازنینس شمس و قمر کراں گتھ
دیوانہٕ چھُس پہ تہٕتی یُتھ ہر صبح و شام وٕنی زہس

رحمت چھِ عرشہ فرشس اَزلے سو باگہٕ آمٕژ
دوٗن عالمن اندر ہتی چانٕی چھِ نام وٕنی زہس

چھُنہٕ کانْہہ اکھاہ تہٕ ثانٕی چانِس کمال بجرس
کوٗ زنکھ خدایہ پاکن خیرالانام وٕنی زہس!

بخشاں پچانہٕ لوٗلِچ تہہ آفتاب صُبحکٕ !
گٹہٕ منٛز شیٖہُل شیٖہُل گاہ ماہِ تمام وُنی زٕہ یس

ذاتَن کوٗرُکھ مُطہّر، عالَم توٗرے مُعطّر
کأمِل بہ ہر صِفت چُھکھ ذُوالاحترام وُنی زٕہ یس

یِتھ کُن وُچھتھ کَھتن اَسہِ حسرٕ ے ہلالٕ راوان
سُے بس کلامِ شیرین خیرُ الکلام وُنی زٕہ یس


درٗودن ہیٚنز اَناں عأبِد ژٕ ے چھی ڈألی
اَمارِکی ژٕ انگی ژٕ یٚی رِکیت عأرِفو زأ لی
نَہ چھُس عأبِد نہ زأہِد چھَم ندامت
پہٕ وو تھٕ رے آغہٕ پمہٕ چَشمن ہندِ ی کھأ لی



# عالی وبقار آغہ میوٗن

سےمےٚ آو وُٹھن پیٚپھ بنیٚ تہٕ گُل پھوٚل
درۄدِ یامتھ پوٚژُم تہٕ غم ژٔل

نسیم فرحت پیٚہ سونٛچہٕ باغس
شرف چھُ عالی وبقار آغس

زمین زماں تھٔد ستی روشن
تھیکاں ارض وسماتٕہ ہَن ہَن

شیٚہُل چھُ ہارس تَژر شہ ماگس
شرف چھُ عالی وبقار آغسؔ

بہٕ آلہٕ وَس دِل جگر پٔژُن سر
یہیٚم سےمٕے خالی اگر سُہ سرور

وُچھن تہٕ پادَن بہٕ چشمہٕ لاگس!
شرف چھُ عاٗلی وقار آغس!

سُہ چھُم سراپا کرم تہٕ احساں
چھُ پایہٕ حَق تٔس درودٕ سوزاں

مَلک کراں گژھ چھہ تِتھ چراغس
شرف چھُ عاٗلی وقار آغس

عروج دیُتُنَس بہٕ عرشِ اعلیٰ
سُہ شان شوکت زِ اللہ اللہ

عقل ژٕھسِتھ گیہ ہُرُر دماغس
شرف چھُ عاٗلی وقار آغس

سُہ پایہٕ یٰسین تہٕ پایہٕ طٰہٰ
سُہ نوٗرِ آگُر تہٕ وَالضُّحیٰ ہا!

تھینکُن چھہ مُشراں شبِ چراغس
شرف چھُ عاٗلی وقار آغس

یُتھےٚ یَژھاں چھُس سلامہٕ سوزس
درودٕ ژٕیِٕہ ژٕیِٕہ پَران روزس

لگان چھ بُراے لولہٕ ناگس!
شرف چھُ عائلی وبقار آغسؒ!

سٕہ کرٕایہٕ ہارنہٕ شیٖہل تہٕ شیٖتل
رٕحس تہٕ بَدنس رٕحت مُکمّل!

سکون باساں دِلس دماغس!
شرف چھُ عائلی وبقار آغسؒ

ہلاآلہٕ قسمت سےٚ منٛے اوس یاوٕر
ہُراں عقیدت یہ چھم برابر

لگاں وُزٕنی زنہٕ چھ لعتہٕ ناگس
شرف چھُ عائلی وبقار آغسؒ



# یارسول صلی اللہ علیہ وسلم

ژٕ پٔژی کُنہٕ حبیب خدا یا رسولؐ
بٔرس تل دِواں چھُس صدا یا رسولؐ

جہانَس اُنہٕ شوٗب یا مبتہٕ ژٕ آکھ
بنیوو کُل جہاں بے بہا یا رسولؐ

چھےٚ جنّت زمینیس زمانَس شہا
رژٕرٕ چانہٕ پیٚنہٕ گوو عطا یا رسولؐ

مَلک چھی ژٕےٚ تابیا فلک سرنگوں
عرش تام ژٕیٚہ زیرِ پا یا رسولؐ

صدارت، امامت تہٕ رحمت سو چانی
چھُ وٕنٕژھ ناں بہٕ قرآن خدا یا رسولؐ

بہ وہمن گُمانن اندر گِیر چھُس
کرُم از کرم وونز رہا یا رسولؐ

رضاۓ چانٛز پزٕ کنز رضاۓ خدا
مےٚ روزُم خدارا رضا یا رسولؐ

ہلاکس مےٚ تتہٕ چانٛز رحمت بنِن
نُنٛن ییتہٕ ولی، انبیاءؑ یا رسولؐ



# خبر وناں نبیؐ نبیؐ

نظرُو چھاں نبیؐ نبیؐ خبر وَناں نبیؐ نبیؐ
چھُ دِل سراں نبیؐ نبیؐ جِگر وَناں نبیؐ نبیؐ

زمیں زماں فلک پران صلِّ علیٰ چھِ راتھ دوہ
تجر پراں سلام چھس شجر وَناں نبیؐ نبیؐ

پھولاں گاشس وَ الضُّحیٰ چھُ آفتاب دَس تُلاں
تُواں فجر یِوان ظہر عصر وَناں نبیؐ نبیؐ

ہُہ وَن تہٕ بال ناگہٕ جوے کراں مَدح مُصطفیٰؐ
درود خواں اوَبرٕ نَب! تہٕ سر وناں نبیؐ نبیؐ

یہ کائنات ذرٕ ذرات! یاد کراں چھِ سات سات
پَتھر پراں سلام چھُس اَنبر وناں نبیؐ نبیؐ

مدینۍ پاک سرزمین! اَمارٕ ہٲر نماں جبیں!
چھ گام نوٗرٕ سٕری گمتہ شہر وناں نبیؐ نبیؐ!

حِرا وناں نبیّنا ! تہٕ غارِ ثوٗر نوٗرٕ سٕری
اُحد پران حبیبنا ! بدر وناں نبیؐ نبیؐ

لُکن وُچھان لوسٕ اَچھی وَداع پچھن حسین وَتھ
قُبا قیام گاہ بناں سفر وناں نبیؐ نبیؐ

سُہ شب بُراق جبرئیلؑ کُجا عرش تہٕ کتہٕ زمیں
تھزر کراں چھُ مرحبا بجر وناں نبیؐ نبیؐ

ابو جہل تہٕ بولہب ! جہل، حسد، ہجر، غضب
قہر وناں تبّت یدا سزر وناں نبیؐ نبیؐ

ہلال گٹھ دِواں موژاں تہٕ بدر گاشس آلہٕ واں
سُہ روے والضحیٰ وُچھاں سحر وناں نبیؐ نبیؐ



# اے نازنینؐ

عالَم سۆرُے زُو ذات ہیتھ لۆتہٕ چھُو نِثار اے نازنینؐ
عرشِ عُلیٰ روضس کران گژھتھ بار بار اے نازنینؐ

اِنس و مَلک للہٕ وان چھی نامِ مُبارک راتھ دوہ!
میزمان شبِ اسریٰ سپُن پروردگار اے نازنینؐ

نۆرُک یہٕ آگُر روضہٕ اقدس بلاشک چھُے شِہا!
شمس و قمر گژھ چھس کراں لیل و نہار اے نازنینؐ

سِر مارُمیتِس زانہٕ کیاہ ییس راوٕ پرٛژھ رووُس لقین!
اُستونِ حنّانہ وداں گوو بے قرار اے نازنینؐ

گاہ نُہنٛدِ نۆرُک گُنبدِ خضریٰ ژھٹاں کُل عالمس!
امہٕ نۆرٕ کُے حض عاشقن بے حد امار اے نازنینؐ

رحمت تہنز بڈ آش چھے دو نوٗنی جہانَن اے شہا!
بس بول تٕہندُے ہَر دِبُزی باغَن بہار اے نازنین

ورتاوِ کمہ مولہٕ وٕنی اچھر، وٕشِہ ناوِ کیاہ تٕہنٛدُے بجر
نفظن ہِلائس شوقہٕ سِیٹھ راوان شمار اے نازنین






مُصطفیٰ ؐ تُہی یا محمدؐ مُجتبیٰ ؐ تُہی یا رسولؐ
یا نبیؐ صدرُ العُلےٰ بدرُ الدُّجےٰ تُہی یا رسولؐ

شفقتس کیاہ چھُو وَنُن خُلقِ عظیمکی آفتاب
تُہی امین، صادق تُہی کانِ حیا تُہی یا رسولؐ!

بُوجہل بُولہب ہوی مُشرک ئری فی النّار گے
مومنن دوٚن عالمن سےتھ باخدا تُہی یا رسولؐ

نُورِ تُہندے کائناتس پھیوٚر گاہ وُکُن وَنیہٕ برٛوٚنٛہہ
اِبتدار آسو تُہی، چھو اِنتہا تُہی یا رسولؐ

یُمی تُہند شوٚد لول روٚچھ مَنہ منز تَمس گُلزار پھوٚلی
ہرد زردی منز تمس سوٚنتگ ہوا تُہی یا رسولؐ

عاشقس رُم رُم پران ژیُهہ ژیُهہ سلاماً دائما
دِل ہُتھی چھو جان تَس چھو مُدعا ہُتھ یا رسولؐ !

دِل پریشاں چھُم سبٹھاہ منظورؔ[1] اَز چھُم خستہ دِل
چھو تمس دادِبن دُوا مَرضن شفا ہُتھ یا رسولؐ !

کیاز گژھہ مویوس وُنی تو غم ہلاکس آسہ کیاہ
ترٲوی تمہ اندیشہ سأری تَس سبٹھاہ ہُتھ یا رسولؐ

---

[1] میون برادرِ اصغر قاضی منظورؔ دلنوی

محمدؐ ترٚووِ یمّ تَس رٮ۪ب چھُہ ترٛاوان
خدا بیزار ایِس کیتھ اَنہ سُہ ایمان
خدا تہِ لوّب تمی یمّی لوّب محمدؐ
محمدؐ حق محمدؐ عانِ قرآن



# تضمین کلامِ جامیؒ

یارسول اللہ تُہند پیغامِ ربّی ا ا
تُہندِ شوقے تھاۓو مایہ عالمس تمۍ کانْہہ کمی
شان تھہنزِ رے جن یتہِ انساں رۆدی وِنژھناوان نبی
"تا یکے از تیغِ ہجرت زخم ہا بر دل زنی
مرہمِ وصلم بدردِ انتظارم یارسولؐ"

کارِ دُنیاہ گوم اتھ بس تُہندِ عشقُک چھُم خُمار
چھُمنہٕ کانْہہ اَکھ دوس داراہ نے رفیقاہ نے مئے یار
بس تُہندِ نامِ مُبارک بر زباں چھُم بار بار
"ماندہ ام از عشقِ تو بس بے قرار و دل فگار
خار ہا از عشقِ تو در سینہ دارم یارسولؐ!"

چھُم مئے سخ تُلہٕ تاج لَجِمُت دورِ رُک چھُم سخ ازار
شُورِ پیچھرس چھُم گوٚمُت اسمان دُہہ ناوان نار
بس تُہند دیدار چھُم اتھ نا ہُھس انتظار

"عمرہا شُد مبتلا گشتم بہ داغِ انتظار
شُد سیاہ از ہجرِ تُو بس روزگارم یا رسولؐ"

اَکھ نظر اَز رٕچھیتھ کرٕی توم حض چھُم آرزو
نیرہے اَرمان میثوٕنؠ بُتھِ پٕہ وُچھمو رُو برو
بے مِثال و بے مِثل ہُتھ دَر صفات ورنگ و بُو

"گر شود بر مَن میسر یک شب آں دیدارِ تُو!
تا قیامت سر زِ پایت بَر نہ دارم یا رسولؐ"

عاٗرِفو یُتھ کُن نظر رٕچھ بَس تِمو حض ہُتھ وُچھو
آفتابَس مشٕز تھندگاہ زُونہٕ مشٕز ہُتھ ہُو بہُو
اے بہاراں خوبِ رُوئے تو والضحیٰ آں روے تو

"سوخت جامیؔ از فراقِ آتشِ سودائے تُو
چارۂ صبرش ولیکن مَن ندارم یا رسولؐ"

# یا رحمتہً للعالمین صلی اللہ علیہ وسلم

اے دَرِ دُو عالم بَرترین! یا رحمتہً لِلعالمین
والا صِفت بالا نِشین یا رحمتہً لِلعالمین
شمس الضحیٰ روے حسین واللیل موئے عنبرین
والنّوُر نورآنی جبین! یا رحمتہً لِلعالمین
محبوب روٗبس چھو سِہی تأریف قُرآنکی توٗ ہی
بس توٗ ہی تہٕ صَدرُ المُرسلین یا رحمتہً لِلعالمین!
نبیو تہٕ کوٗرمُت اِقتدار یِتھ روٗ تہٕ توٗ بمُت کائنشہٕ چھا
عالمَ توٗ ہی زیرِ نگین! یا رحمتہً لِلعالمین!
طٰہٰ قُرآنن توٗ ہہٕ وَوٗ نوٗ! یٰسین لقب شوٗبان چھُو
توٗ ہی بے بَدل نوٗرِ مُبین یا رحمتہً لِلعالمین!
یمہٕ ساتہٕ محشر گژھہ بپا تھٔز آسہٕ لبس تٔھنٕزے لِواء
توٗ ہی تتہٕ شفیع المذنبین یا رحمتہً لِلعالمین!
ثانی نہٕ کانہہ یا مُصطفیٰ شوٗبان وَنُن توٗ ہہٕ مُجتبیٰ
کیشاہ انتخاب عالمین یا رحمتہً لِلعالمین

اے محورِ رحم و کرم　　باعظمت وجاہ وحشم
صد آفریں صد آفریں　　یا رحمتہً للعالمیںؐ
نیلس نبس منز تارکن　　شوبان ژٕو دأہم زوٗن زن
گرٛطہٕ منز گہاں روئے حسیں　　یا رحمتہً لِلعالمیںؐ

آمُت ہلاکس کیاہ بٕنِتھ
ونہٕ کس پتہٕ کیاہ نیرہ لس ؤنِتھ
چھس تہٕنز پرژھ تہُندُے یقیں
یا رحمتہً لِلعالمیںؐ

# خوش جمال و خوش خصالؐ

یا رسولِ محترمؐ چھو ذوالکمال ! !
پاٗدٕ کرٕی نو تہٕ خدایِن لامثال

افضل و اکمل تہٕ احسن بس ژٕہی !
خوش خصال و خوش جمال و خوش خیال

صاحبِ لولاک بنیہ چھُنہٕ کانٛہہ اکھا !
نعت خوانٛی چھو کران تُہ ہیہِ ذوالجلال

راتھ دوہ چھینہٕ تھکھ کران پرنس درُود
نب تہٕ بنیہ بُتراتھ دریا کوہ تہٕ بال

عالمن لوٗب فضل و احسان تُہنٛدِ سٟتی
باعثِ رحمت ژٕہی بے قیل و قال !

ییلہِ دوکھن ہُنٛد آوِٕن زانٛہہ ولنہٕ آو
ناوہیوت تھنٛدٕے ہتہٕ ژوٚل رنج وملال

راتھ دوہ چھِم کلہ مدینس کُن گژھان!
واتہٕ نا تتھ حبایہ پاکس چھُو سوال

نُور تھنٛدٕے یُہہ انان اوِٕ گنتھ دوان
سریہ صُبحک، زُون تارک بیٚیہ ہلال






کاستم ربّا یہ ارماں سبز گُنبد ہاوتم
چھُم یُتے اَکھ شوق ووتلاں سبز گُنبد ہاوتم

صاحبِ اسریٰ فقط سُے چھون ربّا ہم کلام!
کھور تھَن عرشس سُہ میہماں سبز گُنبد ہاوتم

رحمتکی یمہ دوہ چھِ اَکھ اَکھ ساعت اَکھ ساعتِ حَسن
اَز دُعا مقبول سیدان سبز گُنبد ہاوتم

آس فریادی ئمنہٕ آغوب زِٹینی کُن با اُمید
سینہٕ بریاں، دیدٕ گریاں، سبز گُنبد ہاوتم

دوٚن جہانَن منز مُبارک بس مدینہٕ سرزمیں
نُور چھونے گاشر اواں سبز گُنبد ہاوتم

جنّتکۍ آثار ییتہٕ وُچھِو عاشقو بنٛیہ عاشقو
نوٗرٕ سٕری گے نوٗرٕ ساماں سبز گنبد ہاوتم

قبلۂ فکر و نظر سُے کعبۂ قلب و جگر
چھُم یقیں یِتھ سجدٕ دِیاواں سبز گنبد ہا وتم

ڈٕدون سبزار پھیرٕ کم شیٛہلتھا چشمن بیٛیم !
ییٚن پھوٚلیتھ لوٗلکۍ گُلستاں ، سبز گنبد ہا وتم

بوٗش آتشن ہِنٛدی مٕےٚ زرد یمِتی تہٕ چھُس آغوٗدٕ دٲسی
رشکِ صد باغ و بہاراں سبز گنبد ہا وتم

ناوِ صحرأوی تشٕ ہُھٹ لجمٕژ کرٲے کربلکۍ نب وُہاں
تار لگہِ تیرٕ کم یہِ اَرماں ، سبز گنبد ہا وتم

# مہربان نبی صلی اللہ علیہ وسلم

نبیؐ سُنٛد مُھزر تیٚتھ تہٕ شاناہ وُچھُم
یہٕ سیرت بہ صوٗرت قُرآناہ وُچھُم

یہ صحرا وی دِل پیٚلہٕ تہٕ ھردن ووٚلُم
دروٗداہ پوٚرُم گُلستاناہ وُچھُم

کھوٚنُم وارِ نامِ نبیؐ یتھ دِلس!
دِوان جلوٕ اکھ شیشہٕ خاناہ وُچھُم

مےٚ ییٚوٚو یاد معراجِ خیرُ البشرؐ
بشر تیٚتھے فلکٕ آشیاناہ وُچھُم

چھُ رحمت عطا سُے کراں عالمس!
وُچھُم تَس فدا پیٚرتھ زماناہ وُچھُم

مُعطّر فِضا گوو پھُلے لجٕ ژوپأری
حدیثِ نبیؐ رُت بیاناہ وُچھُم

دیٚتُم ووٚن نہٕ پھِری پھِری کِتابن لوٚرُم
دوٚیُم یُتھ نہٕ کانٛہہ مہربان اہ وُچھُم

چھُ نعتِ نبی پاک لیُس اکھ لیٚکھاں
ہلاؔلا سۭے خوش بیاناہ وُچھُم

# مَدِینۃُ العِلم ﷺ

بہٕ چھُس پُرخطا دَر بَدَر یا نبیؐ
کرِو رحمیچ اَکھ نظر یا نبیؐ

مےٚ چھُم بے قرٲری تہٕ مِنّت مھُوو
مدینُک مےٚ ہاٚوِو شہر یا نبیؐ

مُنشتھ گوو مےٚ آسُن تہٕ آسُن پَنُن
وِرِد بَس مےٚ شام و سحر "یا نبیؐ"

اَکھ شہہ چھُ ووکھنان صَلِّ علیٰ
سُلامن تہٕ تھُکھ اَکھ پہر یا نبیؐ

سِکیٚل نارٕ کھَل چھُم قہر گر نشیمہٕ کراے
شیٚہُل چھُس منگان ہشُن پہر یا نبیؐ

کٔرو خالقن مُنتخب دَرجہان
ژٕہی واقفِ خیر و شَر یا نبیؐ

تمِس کیاہ چُھ پرواہ دٔر چھُس کمیٖک
تھٕہنٛز رحمچ یَس نظر یا نبیؐ

عطا کانٛہہ سبَق رُت پٔہن اَسہِ کٔرو
ژٕہی پانہٕ علمکی شہر یا نبیؐ

اَکھکھ لفظ ژٕہنٛدُے چھُ خیرُ الکلام
بشر چھو نہٕ خیرُ البشرؐ یا نبیؐ

پریشاں پشیماں چھُ اُمت ہلال
بیٚو مُت خستہٕ دِل زیر دَر یا نبیؐ



# مناجات

خدایا لُوب چھُم لِلّٰہ مےٚ شہریار ہاوکھنا
دِیِچھ سیٚتھ گُنبدِ خضریٚ سُہ پُرٕ انوار ہاوکھنا

سُہ محبوبِ دوعالم پانٕہ ییٚتہٕ آرام فرما چھُم
کران ییٚتھ پوٚنپرٕ ژگتھ لولہٕ ہیتی ابرار ہاوکھنا!

پہ ییٚرٕ ہیٚس برٕ وٚنہہ ٹکُن واٴتتھ درود اہ سینہٕ مُشراوتھ
دِہم نا توٚزتھ یتہٕ طاقت آغہٕ ستُند دَربار ہاوکھنا

ڈوکیتو مُت پچھم اَیٚرےٚ کرےٚ کرےٚ کمر وٚنہٕ ہا تتیٚ آغسؐ
ہدایت مُتِہ بنِیم کوٚےٚ نبی مختارؐ ہاوکھنا

دِنَن چھم نیکیٚن لُجمِش ٹکیٚس پیٚٹھ بَد عمل پھوٚجمِش
مےٚ وونیٚ ییٚتھ ہَردِ بُرٔزی باغس سبز سبزار ہاوکھنا

چھ نقشِ پایے نورانی ییمتِۍ محبوبہٕ سِندی ییتہٕ کنۍ !
بِتے وَتہٕ ہاوتم تمہٕ کوچہٕ تے بازار ہاوکھنا

یہٕ دمہٕ ہَس قدمہٕ قدمَس میٹھۍ تِتھ بچھرس تمِن پالَن
چھُ وُنہٕ واوَس وٕلیتھ ییتہٕ بوے آن سرکار ہاوکھنا

مےٚ چھُنہٕ نار فراقس منزٕ پرٕے کینْہہ رُود مُرت ذٕزی ذٕزی
مدینہٕ کہٕ شہرکے وَیہٕ وُن شیٖہِل شیٖہجار ہاوکھنا

یہٕ کرٕ ہا نعت لیٖکھی نوٗرٕ سٕری دِل تے یئِن دُنیاہ
اَما لیٖکھہٕ کمہٕ اَچھر کمہٕ آیہٕ تِتھۍ اَشعار ہاوکھنا

ہِلالَس چھُمنہٕ کُنہ کارَس لگاں دِل چھُم ییٖتۍ ہاوَس
نبیؐ سُندلول یُس ہُرراوِ بَس سُے کار ہاوکھنا



# رحمتہ للعالمین صلی اللہ علیہ وسلم

غم زدن ہُند غمگُساراہ رَحمتہ لِلعالمینؐ
بے قرارَن دِل قراراہ رحمتہ للعالمینؐ

لَڑھ اُچھر وَالو ڈُوان کوچَن یمِس بُڈی تاج وَر
دوَن جہانَن تاجداراہ رحمتہ لِلعالمینؐ

یِسِنہ لبہ وِنی حُسنِ یُوسفؑ شُوبہ سُہ اَکھ خوب روے
قوٚدرتُک رُت شاہکاراہ رحمتہ للعالمینؐ

سُہ شہنشاہِ دُوعالَم مالکِ کوثر چھُ سُے
منٛز مدینس شہر یاراہ رحمتہ لِلعالمینؐ

آولِنہٖ منٛز تار دِی وُن بُس رسولِ محترمؐ
رحمتُک آگُر تہٕ یاراہ رحمتہ لِلعالمینؐ

"قابَ قوسینُک" شرف آٮ۪ن یمِس کوٚرُمُت عَطا
صاحبِ عِزّو وبقــا راه رَحمتہٕ لِلعالمینؐ

لولہٕ کِس باغس چھہ اَز بےوایہ زردی پھیرِ مٕژ
شفقتُک اَکھ سبزٕ زارٲہ رَحمتہٕ لِلعالمینؐ

سوٗنٛتہٕ واوس وٲنٛس چھٕنہٕ وُچھ پی ہلالَن پھیرِ پھیرِ
پوشہٕ وُن لیس اَکھ بہارٲہ رَحمتہٕ لِلعالمینؐ



چھُہ موٗیَن سون اَکھ اَکھ دانہٕ آغس
چھُکھے داناہ تہٕ رٔٹھ دامانہٕ آغس
گوٚوُے کانٛہہ وَشنہٕ تتھ کر توبہ تخسیر
پھِرس تل اَژھ نوٗے اَمانہٕ آغس




مُشراوِ کاثہہ کوتاہ ییٚہ کیٚشاہ احسانِ محمدؐ
عرشِ الٰہی عارِفن آستانِ محمدؐ

ورناوِ سُے بہن لیٚس لیکھِتھ گٔژ زۄل چھُ نصیبس!
فرمانِ حق ننٔز پأٹھٕ ننٔتہ فرمانِ محمدؐ

قرآن چھُ اتھ آنتھ ہیٚتھ بس نعت نبیؐ سُند
امہِ اور کیٚیا وبژھہ ناوِ کاثہہ اکھ شانِ محمدؐ

سُہ چھُ رحمتہً للعالمینؐ بس رحمتے رحمت
دِے چھُس گوٚمُت دِتھ رحمتاہ رحمانِ محمدؐ

نب زُون تہٕ افتاب تَس پادَن چھِ دِواں ہیٚتھ
جبریلِ امینؑ خاصہٕ اکھ دربانِ محمدؐ

یُس شان لبہٕ کانٛہہ شانہٕ وولاہ دۄن جہانَن منٛز
آگُر چھُ تمثیٖک بَس تہٕ بَس سُے شانِ محمدؐ

حَسرے نہٕ یقینس تہٕ موٗلے کانٛہہ نہٕ نمازن
یوٚتام نہٕ ایمانہٕ رٔنگو کانٛہہ مانِ محمدؐ

پَر عقلہِ لۄسِتھ بیٚنی سَران اسرار نبیؐ سٕندی
وُنہِ "کُنتُ کَنزاً مُخفِیاً" عُنوان محمدؐ

دَم پھُٹرِ چھُ گرٛھاں لغت وَنَن وول ہلالاؔ
وُچھ وُچھ زِ خدا پانہٕ مَدح خوانِ محمدؐ



# یا نبی ﷺ سلام علیک یا رسول ﷺ سلام علیک

اے تاجدارِ عالَم اے فخر و نازِ آدم
اتہِ زیرِ در چھِ کم کم سانئن چھوکن تہِ مرہم
یا نبیؐ سلام علیکَ یا رسولؐ سلام علیکَ

اے رہبرِ ہدایت اے مرکزِ سعادت
اے مخزنِ عنایت اے منبعِ مُروّت
یا نبیؐ سلام علیک یا رسولؐ سلام علیک

اَز نورِ حق منوّر وز مہرو ماہ برتر
دلِ من صَدف تو گوہر تُو خوبئ سراسر
یا نبیؐ سلام علیک یا رسولؐ سلام علیک

رب چھُے ونان شاہا یٰسین تہِ گاہ طٰہٰ
پڑزلان زنتہ ماہا گٹہِ منز عجیب گاہا

یا نبیؐ سلام علیک یا رسولؐ سلام علیک

طاقت دیٖتے ژٕے بأری خُلقس ژٕے پأرِ پأری

اُمّت منٛگان چھُ یأری چھِ پران بہ عجز و زأری

یا نبیؐ سلام علیک یا رسولؐ سلام علیک

أسی زألی لولہٕ نارن اؤشہِ کنہِ چھِ خون ہارن

کن تھاو زارِ پارن دِکھنا پھُلَے وُ جارن

یا نبیؐ سلام علیک یا رسولؐ سلام علیک

برتَل ہِلاَل آسَے باصد ملال آسَے

اکھ پائمال آسَے کرنے سوال آسَے

یا نبیؐ سلام علیک یا رسولؐ سلام علیک

# نعتِ نبی صلی اللہ علیہ وسلم

پھولان چھ اچھرن گُل لبکھان نعتِ نبیؐ
گلاب مُشک ژھٹان پران نعتِ نبیؐ

چھُ آیہ آیہ یوان زِ عرش ہیتھ جبریلؑ
وَناں علی الاعلان قرآن نعتِ نبیؐ

زِ بائے بسم اللہ تا وَالنّاس
اَکھ اَکھ حرف وِہرِ ژھنان لَوان نعتِ نبیؐ

گلان چھُ روت گُہیُل چھُ تیہٕ ہمان کرایَن
شیٖہُل شیٖہُل لوٗراہ ژھٹاں نعتِ نبیؐ!

اَدب رَچھُن چھُ شرط تہٕ لول لولہٕ للہٕ وُن
وَتن چھُ گنہٕ گاران گُھمان نعتِ نبیؐ!

شُمارٕ بُدی صلوٰت سلامہٕ ہا اَن بُود
پرٚان ییٚلہِ پٔتہٕ برٛونٹھہ شُبان نعتِ نبیؐ

چھُ عارفن تمناہ پرٛتھان یُتے عاشق
ہُران لول گنٛڑِھن وُزان نعت نبیؐ

سُہ شب تہٕ معراجُک مُلک فلک حٲراں
چھُ حوٗرٕ دُری گنٛڈٕ ڈی گیٛواں نعتِ نبیؐ

سکون دل، رگِ جان، امان ذاتِ نبیؐ
خیال عشقِ نبیؐ، بیان نعتِ نبیؐ

ژٕ کتہِ اَنکھ سُہ بتِرُ علم تہٕ نے ژرٕے عمل
ہلالہٕ پھٔرِ چھ وو پھان لیکھان نعتِ نبیؐ





پھیوٗر اَز دُدوَنن باغ جنتُک ہوا
راتھ گٔج ظُلمیچ اَز چھُ بدلے فضا
نوٗرٕ کمہِ تام گوٚو زوٗل سٔری سے اَما
آو سُے یس وُنُن چھُے شبان با خدا
مُصطفےٰؐ مُجتبےٰؐ مرحبا، مَرحبا یا حبیبِ خداؐ، مرحبا مرحبا

گوٚو بُنیُل کُفرو شرکس تہٕ گلی اَز ستم
آو سوٗنُے نبیؐ مُحترم مُحتشم
دُشمنَن اَز چھُہ ماتَم گیتکھ کأرخم
مومنو چھُندی کرِس تمہٕ سینٕ تازٕ دَم
مصطفےٰؐ مُجتبےٰؐ مرحبا مرحبا یاحبیبِ خداؐ، مرحبا مرحبا!

گرٚلشمہٕ کرٲیِ پٔنہٕ کُنہٕ اَبرِ رحمت وٚولُن
رُود بیٚوو رحمتُک اَز گٕلو ہیٚوت پھولُن
مُشک علمُک ژٕہ والِو پھیرُن ہیٚوتُن
نار ژھیٚتہٕ گوٚو تہٕ جنّت بہارا سپُن
مصطفیٰؐ مجتبیٰؐ مرحبا مرحبا یا حبیبِ خداؐ مرحبا مرحبا

پرٲنۍ دُشمن تہٕ بتھہٕ کٔنۍ چھہٕ شیر و شکر
زٔنہٕ کُنۍ ماجہ ہٕنٛدی مٲلِ سٕندی پٔیمہٕ گبر
ینہٕ وَنان اَز، چھُہ میانِس قبیلس تھزر
ہُتہٕ نٔہ زانان، کانٛہہ ذاتٕ ہُنٛد چھُم بجر
مصطفیٰؐ مجتبیٰؐ مرحبا مرحبا یا حبیبِ خداؐ مرحبا مرحبا

کوٗرِ ژٔھنہٕ ینٛیہ گرس منٛز سپُن شادیان
موج لوٗلِ چھِس کران مول وُچھِ وُچھِ وسان
ووٗنۍ زنانے کانٛہہ اَکھا ماسہ قبرن شرپان
بے کسو، بے بسو مُظلمو لوٗب امان
مصطفیٰؐ مجتبیٰؐ مرحبا مرحبا یا حبیبِ خداؐ مرحبا مرحبا

اَز نۆوُے نور سٕری سے نُمایان گوٚو
گیہ جہالت فنا عام اٖیمان گوٚو
عالَمس رَحمتُک اَز یہِ اعلان گوٚو
ظُلم گوٚول سربسر مُشکِل آسان گوٚو
مصطفےٰ، مُجتبےٰ، مرحبا مرحبا
یا حبیبِ خُدا، مرحبا مرحبا



# میون نبی ﷺ

کیا دُرِ بے بہا چھُ میون نبیؐ
دِل رُبا خوش ادا چھُ میون نبیؐ

چھِنہٖ یوان گرٛزنہٕ اندر تہندی اوصاف
خوبہٕ کھوٗد باصفا چھُ میون نبیؐ

پایہٕ نازن عرش دِواں یَس مےٚیٹھ
تیٚمٕۍ حبیبِ خدا چھُ میون نبیؐ

عاشقن عارٕی فن فرشتن تام
وِرد صبحو مسا چھُ میون نبیؐ

کیا مےٚ ہیٚکو بدعمل کرِس تارِیف
ماوَرا ازثنا چھُ میون نبیؐ

لولہِ والِبن پیٚژتھو تمےٚ زانِن
کیاعجب نیامتھا چھُ میٚون نبیؐ

مُرسلن یُس اِمام شبِ اسریٰ
شاہِ ہردوسرا چھُ میٚون نبیؐ

بے کسن ڈٔکھ تہٕ بے بسن ملجا
بے سرن رحمتا چھُ میٚون نبیؐ

ہرحق یُسنہٕ سَرِ کٔنہہے کرِ ہے
بَس تٔمِس باوتھا چھُ میٚون نبیؐ

یَس نہٕ کانٛہہ دَردِلا تہٕ غم خوارا
تس سٕتھا باخدا چھُ میٚون نبیؐ

پرٛتھ تہٕنز چھَے ہلاہ رُت تشخیص
باعثِ صَد شفا چھُ میٚون نبیؐ



# یا نبیؐ یا نبیؐ

چھُم دَس تازٕگی یا نبیؐ یا نبیؐ
زٕلوِ تہٕ نیران پی یا نبیؐ یا نبیؐ!

کوٚر خدایَن کرم سُوزی لَو باحَشَم
پھیر لوٚ زندگی یا نبیؐ یا نبیؐ

بے کَسن آش تھُو بے بَسن راش تھُو
غمزدن دِل دِہی یا نبیؐ یا نبیؐ

کَس چھُ یوٗتاہ بجر کائنٕسِ چھا یُتھ تھَزر
پیٚٹھ عظمت لَوٕہی یا نبیؐ یا نبیؐ

ربّ چھُ صلوٰوٗ ونان مَلکؑ سَلِم پران
خلق وَنہٕ وال پھی یا نبیؐ یا نبیؐ

بینیہٕ کٔمِس اَسہِ وَلو ناد تٔتہٕ کٔس دِمو
بس توٗ ہی بَس توٗ ہی
یا نبیؐ یا نبیؐ

مُقتدی انبیارؑ عارِ کٔتو اولیاءؒ
توٗ ہیہِ اوٚرزُماں سٔری
یا نبیؐ یا نبیؐ

کُس کنٔہن زلوٗ اَناں گُلی کٔمِس کُن دَوان
زوٗنہِ اَڈ کٔمی کرٔی
یا نبیؐ یا نبیؐ

چھُو فِدا پانہٕ حق مٔنز توٗ ہی پٔتھ خلق
لول تَملکن سُہی
یا نبیؐ یا نبیؐ

خُلق پوٗشن اثبر صبر سوٗدرُک سنبر
طالبن تی وُچھی
یا نبیؐ یا نبیؐ

توٗ ہو تہٕ خیرُ البشر توٗ ہیہِ عطا بحر و بَر
توٗ ہیہِ چھُوا کانٛہہ کمی
یا نبیؐ یا نبیؐ

وۄنہ ہلاکِس مُنزٕ دوٗکھ چھُ للہٕ واں اثبر
باوِکس بُس توٗ ہی
یا نبیؐ یا نبیؐ

# رسولِ برحق صلی اللہ علیہ وسلم

ژےٚ وُچھو وُچھی آسی کڈان پننٕ وَق
شفیق ژےٚ حض رسولِ برحقؐ

اَساں لَوَے دیُت مُصیبتن نکھ
شفیق ژےٚ حض رسولِ برحقؐ

أندری چھُ کرتہ کھِیر تہٕ دوکھ چھِ أندٕ أندٕ
اَما چھِ زاناں اُمت چھِ کمہِ سِندی

دوہَے بچاوتھ تہٕ بیٚیہ بچاوُکھ
شفیق ژےٚ حض رسولِ برحقؐ

جلأدی بُتھ ہوو یمہِ زمانن
چھِ ناو وُجمتٕ دوہری طُفانن

وومید چأنی چھِ بوٚڈ ژٕ لاگکھ!
شفیق ژےٚ حض رسولِ برحقؐ

ژٕ نُورٕ آگرُ تہٕ آتش آغا
سِیاہ ژٕہِن حَض ژٕ گاش آغا

گٔژھن وٕژن ٹاٹھہٕ گاشرِاوکھ
شفیق ژٕے حَض رسولِ برحق

سِیاہ شب کوٚڈ مےٚ نعت پرِی پرِی
شُمارٕ روٚستے درٕوٕدٕ جرِی جرِی

دِل نُورٕ سٔری میون کرِ گزلؤَق
شفیق ژٕے حَض رسولِ برحق

بہٕ آنٕژھ روٚستے سلامہٕ سوزٕے
تہٕ گٕلو گنٔڈِتھ کلہٕ نمٕتھ بہٕ روزٕے

مےٚ چھُم تمنّا ژٕ لاٗضی روزکھ
شفیق ژٕے حَض رسولِ برحق

ہلال کیاہ آنہٕ ڈاٗلی آغوٗ
یہ چھوٚن تہٕ چھوٚنت حَض سواٗلی آغوا

نگاہِ رحمت ژٕ لوتہٕ کرِہکھ
شفیق ژٕے حَض رسولِ برحق

# یا شاہِ لولاک صلی اللہ علیہ وسلم

مےٚ چھُم دوٚد مُت جگر یا شاہِ لولاکؐ
چھ شبہلمتھ اکھ نظر یا شاہِ لولاکؐ

وَچھس منٛز چھم مےٚ لچھہ ئدی داٗدی للہٕ وٕنی
تلان چھم سُخ مٛزر یا شاہ لولاکؐ

مِیٚتھ گومُت عمل، اخلاص، ایمان
عقیدس لوٚگ لوٚزر یا شاہِ لولاکؐ

ژٕحٕضٕ راحت تہٕ رحمت عالمس چھکھ
ژٕحٕضٕ خیرُ البشر یا شاہِ لولاکؐ

لگو کنھ اُسی کرکھ نے دستگیری
گژھو نا دربہ دَر یا شاہِ لولاکؐ

مُزّمِل ژٕے مُدثر ژٕے ژٕ یٰسین
قرآنٕک ہر ہتہ ژٕ یا شاہ لولاکؐ

ژٕ آدمؑ تا بہ محشر کس اَکس حق
ثمان عرشٕکی سنگر یاشاہِ لولاک

ژٕ لوٗلک رحمتٕک سرتاژ باغاہ
ژٕ عرفانٕک ثمر یاشاہِ لولاکؐ

بہ چھُس خالی صدف بے مول پرژھم کُس
عطا کرتم گُہر یاشاہِ لولاکؐ

مےٚ نظرن تل پٕکنۍ اعمال ساری
بہ للہٕ وان چھُس ہُنرٕ یا شاہِ لولاکؐ

پیٚم وَنہٕ نوٗن مقام مُصطفائیؐ
دِسو بچھس تیشُھ سنہٕ یاشاہِ لولاکؐ

سہل چھُنہٕ "مارٕمیتٕک" راز زانُن
پھُٹان اَتہٕ عقلہٕ پرٕ یاشاہِ لولاکؐ

محمدؐ "یا محمدؐ" وُظیفہ یِمُو سُنْد
چھُ پُزِی کِنہ دیدٕوَر یا شاہِ لولاکؐ

تمنا بَس ہِلاس ووزِ یِتُھ چھُم
کرُم لوَس ہُرہ بر یا شاہِ لوَلاکؐ






موٗلُل کیاہ تیوٗت چھُم پیٖ بیش بھاوس
زِ عالم کم وَنِدٕنی بنیس چھِ ناوس

تھَزٕ بن ہٕندی پوش بَس زَردن زٕہن منز
بہٕ لولکِ گُل وَتن کونہٕ آلہٕ ناوس

دَزان چھُس دوٗرِ پٕکہٕ نارٔے دَزاں چھُس
مدینس واتہٕ تیتہ ہمہ نارٕ تاوس

مٕنیٖ شانتی فقط چھَم یاد تمٕی سٕنز
دٕپَن کل کرٕ عشق ما لاگہٕ داوس

موٗنگُم کرہ مالِ دُنیاہ یُس چھُ فانی
یوٗژھم عرفانِ حق یوٗتے مےٚ ہاوس

سۆرُم یَنہٕ لَا اِلٰہَ اِلّا اللّٰہ وُچھُم بَس
محمدؐ چھُم وُزِنی دِلہِ کِس تلاوَس

نبیؐ چھُم بس نبیؐ چھُم بَس نبیؐ چھُم
وظیفاہ رُت لگَس قربان ناوَس

یمِس کرِسایہ نُورُک نُورِ آگُر
شُبان لبہٕ وِنی زٕ عالمُ تَس چھِ چاوَس

عمَل کیناہ چھُم تہٕ کرِتھ چھُم چھُم ندامت
اَما لوٚلکٕ اَچھِر نعتن بہٕ چھاوَس

چھُ اَز میلاد اَنہٕ تشریف بوزُم
وَتن یمہٕ چشمہٕ پینہٕ نے کنُہٕ سجاوَس

بیٖم ہئے وٲری سمکھنہٕ تَس طبیبَس
کلیٖم مازلوٕ بہٕ کٲتیاہ دٲدی یاوَس

شہٕ رحمت عالمَس کیُت آش مینٕتہٕ چھُم
کریٖم سوٚ چھِ بڑو شۆہٕ کیتہٕ بیٖلہِ سر بوترٲوَس

بنیؐ سُند لول بڈ ارز ہلا لس
یوسے بڑ وہنہ کنہ بصد اُمید تھاوس

# سفیرِ عرش صلی اللہ علیہ وسلم

رُت وَق تہ سوراتھ ساہ تہ قراراہ تہ محمدؐ
جبریلؑ تہ میزمان سہ یاراہ تہ محمدؐ

بیتہ کعبہ تہ پرواز تہ ہتہ مسجدِ اقصیٰ
مُرسل چھ صفن منشز یہ نظاراہ تہ محمدؐ

نُورانہ تہ نُورک یہ سفر نُور مُدن دزاو
جنت تہ سہ پاراو بہاراہ تہ محمدؐ

ہتہ حُور پران سُور تہ رضوان تہ ملک شاد
وَق روٹ تہ رَفرف سہ سواراہ تہ محمدؐ

محبوب تہ حبیب سہ قوسینؑ اَو اَدنیٰ
رمزہ سر تہ سہ انداز اظہاراہ تہ محمدؐ

رحمت تہ رفاقت چھ دلن نُور تہ راحت
شفقت تہ شفاعت تہ اماراہ تہ محمدؐ

# سازِ ساماں یارسول صلی اللہ علیہ وسلم

آش ہیتھ آسے سب لاراں یا رسولؐ
بے کسن ژےٚ سازٕ ساماں یا رسولؐ

اَنہٕ گٹس منز چھُکھ ژٕ گاشُر آفتاب
راژٕ ہُنٛد حَض ماہِ تاباں یا رسولؐ

روضنہٕ پاکس دِمے گتھ راتھ دوہ
چھُم مےٚ للہِ وُن تس یہ اَرماں یا رسولؐ

چانہٕ لولک ہول چھُم اندری ژٹان
عشق بہ چونے میون اَرماں یا رسولؐ

شانہٕ بَڈٕ "لولاکَ لما" کُس ژےٚ رؠوس
اَتھ گواہ پزٕتھ حرف قرآں یا رسولؐ

عرشس پاکس پایہِ برٛڑ بیٖٹھی پاے چانٛز
نیوٗکھ ییٚلہِ روٚبن ژٕ مہمان یا رسولؐ

عرب آلوٚ چُون عجمس تام ووت
کُل جہانٕس پھوٚل گلستان یا رسولؐ



# نۄرۄ وتلیۆو

کھۄزر گُلہٕ آسی
ژۄپاسے نال وٕلِتھ
ہردٕ برزی تہٕ نیتھ نٔنی
لنجہٕ لٔنڈ تہٕ گوڈس گوڈ
جٔنبھی تڑاوٕنس زاگان
صٔحراوک اکھ اکھ سِکہٕ دانہٕ
تُلہٕ نارٕ تیٚنگُل وُہان
بس کٔنڈ ڈی، ہانٹھ کھۄزر گُلہٕ
نارٕ برِیہہ تہٕ اَنہٕ گٹہٕ

.......

ۂنگہٕ تہٕ منٔگہ
آونبس انٛدٕ وٕنٛدٕ ''والنُّور'' ولنہٕ
ژۄواپور گۄو گاشہٕ سٔری

کھۄزر گُلو آے پھوٚلِ پھوٚلِ
صحراوُک اَکھ اَکھ دانہٕ سکھ شیٚہلشیاو
کعبہٕ کِن
پوتلین کوٚر کمۍ تام غأبی
قو وتَن
گےٚ سمہٕ سوٚترُ
بِمو کرٕ کعبس مشٕز روزٕنس
بیٚھرِس بیٚیہ ڈُمُتھ
لشرِکیٚھ
اَتہٕ ووٚتھ پاشاہ کرٕ تھ
گےٚ گرٕ بٕز
اللہ اکبر، اللہ اکبر
لَاشَرِیْکَ لَہٗ
اَما یہ نور کیاہ؟
لات ومناتن کمۍ کوٚر
لُرِ یار؟
کنڈین کمۍ پھولہٕ راٲوی گولاب؟
کھۄزر گُلین کمۍ دیُت نوٚو بہار؟
صحراوِکِس دٕزٕ بٕزس

کمہِ پأوُ شیہلتھ
حِرا کِس غارَس منز
حق حق کرٕتھ
اَلحق ننٕراوٕن وول
کُس اوس ؟

- - - - - -

یہ ما چھُ سُے
یمہٕ سِند نوُر یہ کأینات
اَزلے نیٕپہ نیٕپہ کران اَس
یتہٕ یمِس وُنیا کھ
"لولاکَ لما خلقتُ الافلاکَ"

- - - - - - -

اَو اَو یہ چھُ سُے نوُرِ ازلی
نوُرُ مِن نوُرِ اللہ
مُحمّدُ الرّسول اللہ صلی اللہُ علیہِ وسلّم



# رسولِ رحمت صلی اللہ علیہ وسلم

حبیبِ حق سُے اُمیدِ خلقت　　رسولِ رحمتؐ رسولِ رحمتؐ
نبیؐ سُہ یمُو دیُت ندائے شفقت　　رسولِ رحمتؐ رسولِ رحمتؐ

دَزان دُشمن وُچھِتھ کرامت　　اہنزِ یہ عظمت یمتن قیامت
زہے امامت زہے رسالت　　رسولِ رحمتؐ رسولِ رحمتؐ

پَس اَز خدا یُس بُزرگ برتر　　ولی یہ تیتھہ کانہہ نہ کانہہ پیمبر
توَے سُرن سَر تہنز یہ اُمّت　　رسولِ رحمتؐ، رسولِ رحمتؐ

وُچھان شقُ القمر چھِ کافر　　اَنان ایمان تہ کینہہ چھِ مُنکر
یمن مُروّت ہُمن ہدایت　　رسولِ رحمتؐ، رسولِ رحمتؐ

ہُہ طایفس منز چھِ سَنگ بارٕی　　تہ پایہ نازٕن چھُ خون جارٕی
دُعا یمتن کیُت منگان بہ رحمت　　رسولِ رحمتؐ، رسولِ رحمتؐ

لقب مُدّثِر مدح مُزّمِل کران چھ اِنکار توتہٕ جاہِل
ہُران عزّت لباں سعادت رسولِ رحمتؐ رسولِ رحمتؐ

چھُ کَس میسّر مقامِ اسریٰ اگر زٕ ئے شک چھے یتہٕ پرٕ تدلیٰؐ
قرآن پانے دِوان شہادت رسولِ رحمتؐ رسولِ رحمتؐ

درُودٕ سوزان چھُ حق تعالیٰ ملک چھ تسلیم پران وصلیؐ
بجرٕ یہ کوتاہ یہ کرٕ ہ فضیلت رسولِ رحمتؐ رسولِ رحمتؐ

ہوا مدینک دِلک سکونہ
ہلالہٕ جنتک تہٕ تیتھہٕ نمونہ
دِلَس دِماغَس عجب تراوتھ
رسولِ رحمت رسولِ رحمتؐ



# نقشِ عالم تابُ

اَز تام یِہ کینِہہ اوس ژھوٗرُے آب اَچھن منز
اَز چھُم مدینُک نقشِ عالم تاب اَچھن منز

نَنہ وانہِ نظرو مینِتہِ وُچھُم مکہِ پیٹھہٕ مدینس تام
للہِ وان نَتہِ اوُس یہٕ ژھری خاب اَچھن منز

کیٚتھہٕ کُنی پہٕ تلہِ ہا نظر وُچھ ہا گُنبدِ خضریٰ
اوُسُم ہَرزِ پَنِہ نُے وُلہِ گِرداب اَچھن منز!

زَم زَم ژُہُم وُزِھ وُزِھ مئے واتُن اوس مدینس
چھِرکاوِ باپَتھ گوس ہیہتھ شوٗد آب اَچھن منز!

اَزِ نم مئے تمہِ دربارِ مولہِ وِنی مُعطرِ فیچ ڈالی!
سونچس مئے چھُم سبزار تہٕ گولاب اَچھن منز

اَز اوس لیکھُن نعت تہٕ پأراو کرُن پیٛوم
اَفتاب روٗدُم بٔرونہہِ کنہٕ مہتاب اَچھن منز

ییٚہ ما ہلاآلہٕ بہٕ رحمتہٕ کہٕ دربارٕ لٔبہ آس
رٕچھی رٕچھ منٛے تھٔوی متہٕ آسی رٕتی آداب اَچھن منز



# وَرَفَعنَالَکَ ذِکرَکَ

جَر ژٕ جَر لفظن مولِلۍ اَلفاظ جَر
بَر ژٕ بَر لَس شانہٕ بُڈِس لول بَر

یَس "رَفَعنَالَکَ ذِکرَکَ" وَنہٕ خدا!
سَر ژٕ سَر لَسی ٹاٹھی سٕنٛز عظمت ژٕ سَر

بَس چھُ سۍ اَکھ کائناتُک مول تہٕ شُوب
کَر ژٕ کر ذِکرِ نبیؐ شام و سحر

لوب ہٕ وُنہٕ نۍ لبہ کتھۍ اَکھ تیتھ مقام
پَر ژٕ پَر قرآن اَما پٔرِتھ سان پَر

"قَابَ قوسینُک" ژٕ کر سۍ نٛز خیال
تَر ژٕ تَر گوڈٕ عشقہٕ سبندِ یتہٕ لغت پَر

پرٛ سبق "اَلکوثرُک" سپدی ننبر
سَن ژٕ سَن کَس گوٚ وعطاکُل بحر و بر

ییٚنلہِ وُزی بُبرایہِ أندرِم لولہِ ناگُ
لیکھ ژٕ لیکھ نعتن ژُریٖھ پرٛتی پرٛتی اَچھر

نیٚتہٕ اَگر بھاوی نہٕ تو ژھ عشقُن جلاو
پرٛ ژٕ پرٛ نعتِ نبیؐ با چشم تٔر

لعنتہٕ ڈٲلیاہ ہیچھ ہلالؔ آمُت چھُ اَز
یا نبیؐ مازاغ چشمو اَکھ نظر



# صَلِّ عَلےٰ لَبس

ییٚلہِ مالہِ پھولاں زنٛتہٕ گہاں صلِّ علیٰ بَس !
ییٚلہِ شولہِ شفق نوٚن چھُ نیران صلِّ علیٰ بَس

أنیکھ سکستان، اَتھاہ سوٚدُر، کوہِ قاف
تھکہٕ روٚس پران تسبیح تہٕ سَران صلِّ علیٰ بَس

تارک ہٕنکی بیٚبہِ زوٗن ژوداٚہم تہٕ شہج راتھ
زٕژ آفتابچہ تمام کراں صلِّ علیٰ بَس

بُلبُل تہٕ باغ گُلہٕ تہٕ اَکھکھ برگ اَکھکھ پوش
قُلزم تہٕ اَکھکھ قطرہٕ پھران صلِّ علیٰ بَس

خوٗدِ حق تعالیٰ ہیتھ مَلک سوزاں چھِس درۄد
بَس ٹٕشہٕ تہٕ فقط ٹسٕ چھُ سَنزاں صلِّ علیٰ بَس

وِلستار چھُ راوان لفظن عقلِ گرٛھاں زاف
ییٚلِ شوقہٕ ییتھ زاٹھہ قلمہٕ نیران صلِّ علیٰ بس

وَنہٕ وَے یتہٕ کلاں زٕلو نہٕ وَلنوٗ سینہٕ گرٛھان چاکھ
یمہِ آیہ عاشق سوٗنچہِ سوٗنچان صلِّ علیٰ بس

ییٚتہِ علمہٕ والین علِم سوٗ تان سوٗنچ گرٛھان گُم
ہلالؔ کٕہٕ تام زٕلوِ چھُ کڑان صلِّ علیٰ بس

دوٚہ راتھ عأبدَن یتہٕ سَلامَن شُمار روٗ
شَہَہ چھُ عأرِفن یتہٕ وُزان صَلِّ علیٰ بس





# گُلزارِ مُحمّدؐ صلی اللہ علیہ وسلم

غم چھُمنہٕ غمن منز مےٚ چھُم غمخوار محمدؐ
موٗل چھُمنہٕ مگر چھُم مےٚ خریدار محمدؐ

گٕژھ کارٕ وٕلِتھ اوس گُلھم عربہٕ عجم ہلِتھ
گاہ پھیوٗر بیٚیلہِ نوٗن دژاو پُرٗ انوار محمدؐ

یِتھ پھتر لوٗگ داوٗک تہٕ گوٚمُت شورٕ بوٚن باغن
پھِرٕ سونتہٕ زٕو پھولہٕ راوِ اَتھ گُلزار محمدؐ

اَوّل تہٕ سُے آخر تہٕ سُے باطن تہٕ ظاہر سُے
ایمانہٕ والین غآب تہٕ اِظہار محمدؐ

اِقرأ چھُ اُمت زانہٕ بٕنن گاشَس تہٕ گٹس منز
اُمّی لقب نیٚتہٕ اوس خبردار محمدؐ

سُے عأنِ صداقت تہٕ شفاعت تہٕ شرافت
بٔنیَن چھُ شہـر یار سُـہ شہکار محمدؐ

بعد اَز خـدا چھُہٕ بیٛاکھ تیٛتھ اَمہِ درجہٕ کیٛتھ اَکھ
ییٚتہٕ زُون حقن تتہٕ تھوٗن مختار محمدؐ

پَرٛتھ چھـم ہلالسؔ رحمتک میٚنتہٕ سایہِ کریم اَز
رحمت تہٕ برکت باگران بسیار محمدؐ





# میأنی سلام

(أکِس حاجۍ صأبس سِنٛدِ سَفرِ محمودَس نیرن وِزِ)

حاجۍ صأبا چھِی وُچھِن شہر نبیؐ
اَسہِ تہٕ ٹھاوکھ یاد تَتہٕ بہر نبیؐ

قسمتاہ کوٚرنَے خدایَن رُت سفر
خاک تمہٕ شہرٕچ لوٗان لعل و گُہر

چھِی قسم ییٚلہٕ گُنبدِ خضری وُچھکھ
ییٚنہٕ مشی پرٕتھ کانٛسہٕ کیٚتۍ رُت رُت مَنٛگکھ

ییٚلہٕ رَتمو کوچو پکھکھ یِدی سأری سأری
وُنی زِ آغس سأیلاہ ٹھوٚک پرٲری پرٲری

تتھ مدینس وُنی زِ خض صد ہا سلام
لرٕتھ ڈوٗان ییتھ چھِی ملأیک صُبح و شام

وُنی زِ آغس سائِلن سوٗزِے سلام
وُنی زِ آغس اوٗش چھُ ہاران اَکھ غلام

وُنی زِ آغس موٗن حض چھُی پُرٗ خطا
لوٗتہٕ آغو دوٗر ترٛاوُن شوٗبہِ ما

اَخرس وُنی زٕلیس بصد ہا احترام
اَلسَّلام اے رحمتِ ہر خاص و عام

اَلسَّلام اے رحمتہٗ للعالمینؐ
اَلسَّلام اے مہرِ تاباں شاہِ دین

اَلسَّلام اے تاجدارِ اِنس و جاں
اَلسَّلام اے سرورِ پیغمبراں

اَلسَّلام اے راحتِ اُفتادگاں
اَلسَّلام اے مقصدِ خلقِ جہاں!

اَلسَّلام اے درِ شفاعت لاجواب
اَلسَّلام اے در دوعالَم اِنتخاب

تھَو ہلاکس سان بَردین مُبین
شاد تھاوُکھ عالمَس منز مُسلمین

# نمی دانم

مَنم یا مَن نیَم مَن کیستم یارب نمی دانم
کُجایم از کُجایم رُو کجا کردم کہ حیرانم

ہمہ عُمر خودم بس درشمردن روز و شب کردم
نہ عُقبےٰ یاد آوردم نہ یاد آمد زِ جانانم

نمی کردم چناں کارے کہ برخوردن بُود حاصل
نمی بُردم چناں توشہ کہ رہ آسان تر رانم

بشکلِ گُل کہ من چیدم ز باغ عالمِ فانی
تنِ افسردہ خونیں شد ازیں خارِ مغیلانم

نہ سوز اندر دلِ پُر کینہ دارم وائے بر عُمرم
سیاہ فردِ عمل صورت چہ بندد من نمی دانم

نصیبم کن شفاعت از شفیع المذنبین یا رب
وگرنہ حال من دیگر شود از بارِ عصیانم

ندیم و خوار و زار آمد ہلالؔ آخر بسوے تو
توئی غفّار یا ربّی خطا کردم پشیمانم



# لَولاکَ لَمَا خَلَقتُ الاَفلاک

آسہِ ہے ما آیتن رحمت تہٕ برکت عالمس
شوقہٕ کمہِ سندٕ سیدٕ ہے زینت عنایت عالمس
عام کُنھ کیٛتھ ہتاوِ ہے مالِک مُروّت عالمس
تا قیامت کر عطا گڑھ ہے شریعت عالمس
رحمتک آگر محمد مصطفٰے ؐ تے آسہٕ ہے

آسہِ ہے دُنیا مگر بس اَکھ وُجارِے آسہِ ہے
اَکھ وُجارس منز تہٕ پڑھتھ شے بے وقارٕ آسہِ ہے
مُشک ژھیٹہٕ وُن باغ نے باغس بہارٕ آسہِ ہے
گُل بدن نے گُل تہٕ نے کانہہ گُل عذارٕ آسہِ ہے
رحمتک آگر محمد مصطفٰے ؐ نے آسہِ ہے

بُلبلا کاشہہ آسِہے مانغمہٕ باغس منز گیوان
راوِہے شرفٕنی بہارس آسِہے بے پَرٛتھ خزان
آسِہے سأرٕے حقیقت زَنتہٕ اَکھ وہم و گمان
کأنِہہ بأطِل خدا ین آسِہے اِنسان نمان
رحمتُک آگُر محمّد مصطفیٰؐ نَے آسِہے

آفتابس منز گٕژھتھ زٕنہٕ آسِہے پرٛزلان نُور
پھُل ژٕندرٕہش زون ماگژھہ راتس منز دیہے پیرور
آسہٕ ہے کتھ کیٛنٛژ سُہ جنّت یا مَلک حُور و قصور
حق نٕتہٕ ناحق ژٕرانٕنک اِنسان کتہٕ لبہ ہے شعور
رحمتُک آگُر محمّد مصطفیٰؐ نَے آسِہے

آسِہن ماوَن وَنَن منز مرگہٕ مرگن منز بہار
آسِہن مالُوبہٕ وِنی تھٔدی بال وَسہٕ وِنی آبشار
آسِہے کتہٕ ناگرادَن آب آبلس تیز دھار
آسِہے ماموختہٕ مولہٕ وُن ہانگنین منز تابدار
رحمتُک آگُر محمّد مصطفیٰؐ نَے آسِہے

حُسن کتہٕ نوّن نیر ہیے موٕلہٕ ناوٕہَن بازارٕ کُس
معنہٕ صَبرس آسِہے کیاہ زانہٕ ہیے کُس صابرس
طُورکُس ڈُے سیدٕ ہیے گلزارٕبنہٕ ہیے نار کُس
آسہٕ ہیے معبود کُس موٕل کھالہٕ ہیے کُس عظمتس

رحمتُک آگر محمّد مصطفٰیؐ نے آسِہے

یارِ غارس روّس تہٕ کُس ایثار پَیھُم ہاوٕ ہیے
عأدِلاہ کُس عالمس عدٕلک سَبق پرناوٕ ہیے
جامعِ قرآن اَکھ اَکھ آیہٕ کتھ سوٗ شبراوٕ ہیے
حضرت علیؓ شیر خدا ئیس یمہٕ لقب کُس دیاوٕ ہیے

رحمتُک آگر محمّد مصطفٰیؐ نے آسِہے

آسہٕ ہیے توحید اَکھ بے معنہٕ اَکھ بے پُرٕژھ خیال
کُس حرامس روزٕ ہیے یتھ ناوکتھ پیٹہٕ ہیے حلال
باسہٕ ہیے انسانیت اخلاق اَکھ مُبھم سوال
روزٕ ہیے تخلیقِ عالم پرٕدٕ سے اندر ہلال

رحمتُک آگر محمّد مصطفٰیؐ نے آسِہے



# رحمتہ للعالمین صلی اللہ علیہ وسلم

غم زدن ہُنٛد غم گُساراہ رحمتہ للعالمینؐ
بے قرارٕن دِل قراراہ رحمتہ للعالمینؐ

لَرٕ تھ اُچھِر والو ڈُوان کو چَن یمِس بُرٕ ژی تاج ور
دوٚن جہانَن تاجداراہ رحمتہ للعالمینؐ

یَس نہٕ لبہٕ وٕنی حُسن یُوسف شۆبہٕ سُے اَکھ خُوبروے
قدرتُک ژھۆو د شاہکاراہ رحمتہ للعالمینؐ

دینہٕ کِس باغس چھِ ہر دِنی ژھٕ ھٕٹھ کران اَز آیہٕ گرٕاے
پھیرِنا اَتھ سبزٕ زاراہ رحمتہ للعالمینؐ!

چھُم شہنشاہِ دو عالم کوثرٕ ک مأ اَکھ تہٕ سُے
مٕنز مدینس شہر یاراہ رحمتہ للعالمینؐ

آوِلِنۍ مشر تار دی وُن بس رسولِ محترم ؐ
رحمتُک سۄ اَگُر یِتہٕ یاراہ رحمتہؐ للعالمین ؐ

قابَ قوسینُک شرف آغن یمِس کوٚرُمت عطا
بَس ہِلالسؔ دِل قراراہ رحمتہؐ لِلعالمین ؐ

صلی اللہ علیہ وسلم

# لۆُٹھ یار

چھُکھ عالمس امارِ بۆرُت لۆُٹھ یار ژٕے
ییٚتہٕ چھُکھ دِلن ژٕ سٕتھ تہٕ تَتہٕ دِنہٕ وول تار ژٕے

مخلوق یِمہٕ تہٕ آے تہٕ ییٚنہٕ وأٔلی تا اَبد
وِردِ زبان چھُکھ یِمن لیل ونہار ژٕے

آرام گاہ ظاہرن حضرت مدینہٕ چھُون
وُچھِ وَے تہٕ جایہِ جایہِ ژٕے گامو شہار ژٕے

مہمان خدایہ پاکہٕ سُنٕد تبہٕ یَن ژٕ حض اِمام
معراج پی زِ عرش نشین باوِقار ژٕے

بَس چأنۍ ذات باعثِ تخلیقِ کائنات
اَکھ بے بَدل تہٕ لامثال شاہکار ژٕے

ییلہِ بار گو بان چھُم تہٕ پژھے زنتہٕ گژھاں غاٮ۪ب
تیٚلہِ آش ہُران یاد ہیواں بار بار ژٕرے

یہٕ چھُ سأنی ہتھر نار اَلاوان زِ العطش!
بس دۄدسہِ لَدن ترٛلیشہٕ ہتین جوپہ بار ژٕرے

ییٚلہِ ییٚلہِ تہٕ لجُم آہٕ لنِس ناو حیاہٕ چ
ہیٚوت ناو مےٚ چوٗنے تہٕ بنیوہم مےٚ تار ژٕرے

مَرہم چھوکن تہٕ دوکھہِ لَدن سوکھہٕ سوو سونتہٕ واو
شیٚہلتھ دِہچ وُجاہٕ دِین دِل قرار ژٕرے

مُختارِ کُل سہٕ پانہٕ، چھِس محتاج ذرٕ ذرات
کیاہ تام سہٕ چھُ تھوونکھ بااختیار ژٕرے

وونی کانہہ تہٕ طماہ چھُمنہٕ ہاٮ۪س تہٕ یِیٚتُ چھُم
زلوٕ میانہٕ یہٕ کیٚنہہ نیرِ اُسن بار بار ژٕرے





م۔ مارکن بس شوٗب حیاۃَ النبیؐ
مُرسِلن مرغوٗب حیاۃَ النبیؐ
موٗمِنن مطلوٗب حیاۃَ النبیؐ
مُظلِمن محبوٗب حیاۃَ النبیؐ

ح۔ حَے چھُ حیاتی محمدؐ پٔرِتھ ذٔرس
حق چھُ عاشق پانہٕ لَس آثٔرِ سرورسؐ
حدٕ نہٕ کانٛہہ تہٕندِس وِقارس عظمتس
حامِد و محمود حیاۃَ النبیؐ

م۔ موٗرِدِ دِلَن زندگی ہیٚنز آگہی
مُعرِفتُک جام تہٕندُ ناو چھی
معجزن منز کانٛہہ تہِ چھُنہٕ مِنُ تمثیل
مخزنِ رحمت سُہ حیاۃَ النبیؐ

م۔

میم وُنِھ وُکھُ چھِ میٹھان بار بار
میم دِلَس سَتہ شُلس لوٗکھ قرار
میم ییٚتہٕ شہجار تہٕ جنتُک بہار
میم چھُ مزدار حیاۃ النبیؐ

د۔

دَمبدم یَس وِرد درۄد و سلام
دِل تِمَس "والنور" نورٲنی مُدام
دِیہ ہلاکَس دَر دو عالم رُت مقام
سٕتی ہیتھ منظوٗر۔ حیاۃ النبیؐ







مےٚ دِم خوش بیانی بہٕ لیکھہٕ نعت چانٕی
خیالَن روانی بہٕ لیکھہٕ نعت چانٕی
اَچھ مارِ مُندرِ دم لگےَ یا محمدؐ
سو چھَم مہربانی بہٕ لیکھہٕ نعت چانٕی



دِلَس چھَم طراوَت فقط نعت چانٕی
مےٚ فِکرِن فراغت فقط نعت چانٕی
تمنّا ہِلالَس یُتھُے یا نبیؐ چھُم
بہٕ لیکھہٕ ہا بکثرت فقط نعت چانٕی



حرفن حرفن للہٕ نوٗوُکھ داماَنس منٛز
لفظن لفظن ژٕوی کٕرِی چاٮ۪نس شانس منٛز
شعرس شعرس گُمہٕ پھوٚٹ چاٮ۪نی نعت لیکھان
آیَن آیَن جوٚرنکھ ژٕرے قرآنس منٛز

حرفس حرفس منٛز وُچھ وَنہٕ آو پٕچھونُے ناو
لفظس لفظس واش کٕڈِتھ دٕراو پٕچھونُے ناو
عرشَس فرشس منٛزٕ "محمدؐ" روٚس کانٛہہ شَے
"کُن" سپدٕنہٕ وِزِ گوڈنیتھ وۄتلیٛاو پٕچھونُے ناو

صُبحکہٕ باغُک موخٕتہٕ لوٚرٕت دامان وَندَے
وَالضُحےٰ روٗیس منٛدِیُک سِریہٕ گِہان وَندَے
شائمُک شفقٕتہٕ شوٚذرٕ آنہٕ ترٛاوَے پادَن تل!
راتُک نٕیہٕ نٕیہٕ کرٕوُن زٕژٕ آسمان وَندَے



کوٗرس چھو کہٕ دأوی وَقتن آغہٕ میشانیو
گیٚم رٕتہٕ پھٔٹۍ مٕنے ہَن ہَن آغہٕ میشانیو
تمَن گوٚہَن ہنٛدٕے رولَس ئلہِتھ آسس
چھِلمُ حضٕ مَن بلہِم تَن آغہٕ میشانیو



مٕنے پُشران لوٗکھ چھِم ہنٛدریر آغا
چھِہ پرٛدہ چأنی وَچھِس وُشنیر آغا
بہٕ چھُس پھانگان چھَم سفرا تھ لُجمُر
ژٕ یِیہٕ نے لولہٕ کرتم سیُر آغا



دِلس سٟتھ تہٕ شیٖہلتھ أچھن سُے چھُ نوٗر
دوا جسم و جانس دِماغس سرور
ژٕ محبوٗب تھاوُن رسولِ کریمؐ
تہٕ پرٛشوقہٕ دِل دِتھ درودٕ دِ حضورؐ



چھُ اَکھ یاور تہٕ اَکھ رہبر محمدؐ
کران پیٔرتھ بدتَرس بہتر محمدؐ
نجاتُک تَس اَکُے نوسخاہ وَنے بس
دوہس راتس برابَر سَر محمدؐ



کران اِستادِ اُفتادَن محمدؐ
تھَوِہم اَز گوشِ مَیٔتہٕ نادن محمدؐ
کرِہم نا رٕچھِتھ نظرٲہ کمینس!
یِیِم خسٲبی تھَوِہم لادَن محمدؐ



یِمو سوٚرُوُچھ تِمو آدَن محمدؐ
لوٚبکھ اوٚنْد پوٚک سوٚرُے ہَن ہَن محمدؐ
خداچھُنہٕ لوٚز خدایس پتہٕ سَرالسٔے
اِمامت یِتھ کریا نبیٔن محمدؐ



محمدؐ قرآں ہیتھ آئتھ اند وُچھ مےٚ
محمدؐ ایماں تےٚ الیقان پرٛژھ چھُ
عمل رٕژ، علم رُت، تقویٰ تہٕ رٕژرے
محمدؐ عُنواں مگر سارِنٕی یمن



دروُدس کر بَس وِرد رائتس دوہس
دروُدس برَ پرٛژھ یٚونےٚ تےٚ خدایَن
کیاہ زر سیمٕہ کیتھہ نتہٕ نہ حسرموختش
دروُدس بیٛہتر سٕہٹا مول کھوتہٕ اَمہِ چھُ



مدینہ اِدراکِ چھُ مُشکل سٕہٹاہ
مدینہ خاکِ گوٚو سورمہٕ ہُند اُچھن
زانکھ روٗتہٕ مدینک روٗس پرٛژھِ کیاہ ژٕ
مدینہ افلاکِ قبلہٕ کعبک چھُ



سُہ آگُر رحمتُک پَرٛتھ یُتھنہٕ رٲوی
روٗبَن ووّن رَحمتہٕ لِلعالمینؐ تَس
اگر تمہِ برٛانٛدٕ خٲلی ڈرٛاو آدم
شکھے چھُنہٕ عٲقبت ایمان راوہِس



شُبان لَتہٕ ہیٚہ رَحمتے رحمت، محمدؐ
تھٔکُن ژٔری ہیٚے تُہٕندٕ شُفقت، محمدؐ
کُجا فرشِ زمین کتہٕ عرشِ اعلیٰ
یہ عظمتہٕ ہیٚور یتہٕ کٲژ عظمت، محمدؐ



محمدؐ یتھٕ کُنتھ روزاں مدینس
مگر پرٛتھ مومنس مٔنز باگ سینس
یمو پرٛتھ جایہ سوٚر پرٛتھ جایہ زونُکھ
تِمےَ خوش نٔخ یتہٕ شابٲش تُتھو یقینس!



محمدؐ چھُم محمدؐ یار رودُم
محمدؐ پڑھتھ غمس غمخار رودُم
ڈٔجم ییٚلہِ زانہِتہٕ نظرٕ وٕتھ حیایچ
مےٚ رہبر سیُٔ شہے ابرار رودُم



چھُ عابد رِتی مگر بہتر محمدؐ
چھُ عارف نورٕ پھوٚتی اَلنوٗر محمدؐ
قُطب ابدال اُسن یا نبیؐ کانہہ
خدایس پتہٕ سٕرنی برتر محمدؐ



سَرن ہےٚ چھی پتہٕ پڑھتھ وِزٕ سر محمدؐ
سَرن سردار آنسرَوٗر محمدؐ
سکندر بجنت سیدلیوٚد یُس سَرن توگ
سَرکھ خاکس وُچھکھ کرٕ زر محمدؐ



نَبس نوٗرانہٕ اختاباہ محمدؐ
زمینس رحمُتک آباہ محمدؐ
ہِمَن گوو قِبلہٕ یِمہٕ عاشق چھ آسان
چھُ باسان عارفن کعباہ محمدؐ



بہٕ کَس باوٕ پننہٕ غم یا محمدؐ
چھُپِن جایی مےٚ کِتہٕ چھم یا محمدؐ
تھٕکیہِ حض عابہٕ لَد آسےَ برس تَل
گرٕژھن ماخالُ شوٗبہم یا محمدؐ



محمدؐ وُچھ مےٚ یرٕ کھ کُنہٕ مُشکلس حل
محمدؐ ووّن یتہٕ ژوٗل گُلہم دِلَس مَل
مےٚ ییّلہِ زاہِہ شوژٕ مَنہٕ ووّن "یا محمدؐ"
اوٚرِ تُم آغن مےٚ اَکھ اَکھ شوق باَمل



ژٕ کر پَژھ یادٕ ژٕ تہٕ وَن "یا محمدؐ"
وُچھکھ پانَے چھُہ کیاہ سَن "یا محمدؐ"
کرُن سۄرٕ یے وجوُدس سۄران ہیٚر بوٚن
یِرٕنی گرٕژھ زٕلو تہٕ ہَن ہَن "یا محمدؐ"

ژَس کیاہ چھُ وَنُن راتھ دوہ لُیس ژھارِ محمدؐ
لُسی پرٕزلِہ قسمت ولہ یمِس انوار محمدؐ
اذکار تمے موٚختہٕ موٚللی شرف، یمن بس
موٚل یمہ لبن تھَدِ آیہِ دٕر بازارِ محمدؐ



غم خوار اگر کانہہ چھُہ بس غم خوار محمدؐ
آسی نہٕ نہٕ کانہہ اوس یُتھٕ دگ دار محمدؐ
لُس "کُنتُ کنزاً مخفیاً" از تام زمانس
ییٚہٕ سو نچھِ یے منز آو سہ اسرار محمدؐ

تیٚتھٕ بخشُو تٔمۍ پاک ذاتَن یا نبیؐ بٔھتر
ییٚتہِ عقلہٕ ژھٕنان پٔرِ تہٕ ییٚتہِ سونچِس ووٚتھان مٔژر
سجدس وَسان کأنٛسہِ چھا تو ہیہ رَوٗس شجر حجر
"بعد از خدا بزرگ توٗیی قصہ مختصر"



تأبین کٔمِس بحر و برِ تہٕ سوٗن مُقدّر
چھو تأبیاہ جنّت تہٕ ہۆہی مالکِ کوثر
چھُنہٕ کأنٛسہِ یُتھ مقام نہٕ لوٚب کأنٛسہِ یُتھ بجر
"بعد از خدا بزرگ توٗیی قصہ مختصر"



وُچھی دُنیہن کٔمہِ شاہ تہٕ شہنشاہ تہٕ سکندر
کٔمہِ اولیاء تہٕ غوث تہٕ ابدال قلندر
کٔمہِ صاحبِ کمال پیٚغمبر تہٕ وُچھی مگر
"بعد از خدا بزرگ توٗیی قصہ مختصر"





ٹاٹھس نبیؐ سندِ خُلق عظیمُک تہٕ نقش ژٕ ے
سُے شکلِ شمأیل تہٕ رٕژر بأنہٕ بأنہٕ سُے

ظُلمس تہٕ ظُلمتس ژےٚ دِژٕ ھ تن تہٕ صبرٕ سان
کیاہ شُکر و ثنا، صبر و رضا صاحبن دِ ثُیتےٚ

اَنہٕ گوٚٹ سُہ بأطِلُک تہٕ ژوٚ نگ چاپہٕ اِرادُک
کُنہٕ شاپہٕ لُوٗر اَز تہٕ تمیُک مأژھوان چھُے

سَر دِتھ بَنُن ژےٚ اہلِ حق کرٕ ی تھکہٕ تہٕ سَر بُلند
شابُش ملأیکو تہٕ روٗبَن مرحبا کوٗرُ ے

ژٕ ینی کُن وُچھان شیرِ خُداؓ بو پیوان یاد
اَدِ ماسِتھے یزیدَن اندرٕ تہٕ اوس ہیُے

دُشمن ہِتہ ساسہٕ واد اما چاۓٔ جاں ہِنشار
اٚسیہِ ہِتہ دُستھٕ لچھن باساں ہِتہٕ ہیوٗرُ ے

اَتھ منز ہِتہ راز ترٛلیشہٕ ہوت آسُن ہِتہ بنیہِ حسینؓ
کوثر حوالہٕ زِبٕہ ہِتہ پیالہٕ چوٚن چھا ژھوٚرُ ے

وٕنٛدٕ ہے بہٕ جان ٹاٹھہٕ نبیؐ سِندِ دِلاورا
یُوٗتے مےٚ شوق چھُم ہِتہ بَس ارمان چھُم سیُٹے



# کربلا تہٕ زینبؑ

ژٕژ تأو سکھ تہٕ کرب وبلا کُن لفر حسینؓ
پرٛکھ طرفہٕ زٕوس زاگ تہٕ بے خوف ڈر حسینؓ

بھیمہ پھیمہ تہٕ فُراتکی مَلر چھ وَچھ ژٹان ہُیأرٕ
یٖیتہٕ ترٛیش چھ کاسان زِ تیغ و تبر حُسینؓ

یمہٕ شانہٕ عرشہ بھٕدی رٕتمن کرٛمژ سوأری یمی
اَفسوس صد افسوس بیٚو از سُے پُھتر حسینؓ

زینت زمینہ رأو تہٕ بُنہٕ بُنہٕ ہُبہ ووٚتھ نبس
زینبؑ دِوان باکہٕ گو و زیرو زَبر حسینؓ

وُدی وُدی دِوان وبداکھ زِ بے سر گرِتھ مےٚ دٕرٛاکھ
وٚنتم بہٕ ترٛأو تھس کمِس کوٚر تھم قہر حسینؓ

اکبرؓ تہٕ نہٕ عباسؓ تہٕ ژٕے شہسوار ٲستی
کُنٛ چھُس تہٕ زلیٛوُٹھ کرلیٛوٗٹھ کرُن چھُم سفر حُسینؓ

افسوس بایہِ ہم سفر اوُسکھ تہٕ ساس زن
اَز ساس ٲستیٚ اَسی کم باسیم کُنٛبر حسینؓ

دُشمن تہٕ آسے اَدٕی تام رُستمی ونان
تمہٕ نیٚائے ہمتن ہُبھتی زِ رٹُکھ تیٚا قبر حُسینؓ

وِوٚل نال ابن سعد تہٕ شُمرس نحوستَن
لعنت یزیدِ ین چھِ لبِکھُتھ سر بَسر حُسینؓ



# آمدِ محرم

مَحرم یِواں عالم گرژھان دلگیر حُسیناؑ
جگرس یِواں چھ زہر بۄرتی تیر حُسیناؑ

یمہِ نۄرِ ڈیکس میٖٹھۍ دِوان اوس نبیؐ پاکؐ
تمہٕ ظالمو بے وایہ دِتی تیر حُسیناؑ

لوگُتھ ژٕ داوس گرٕ تہٕ یار بأے پنُن یان
نَے تخت اوسۍ لۄب نہٕ جاگیر حُسیناؑ

چھا کھوژناوان اہلِ حقن تیر و تبر زانھہ
اَدِ آسہٕ ژٕ ہیوٚ حق پرس ولہٕ ویر حُسیناؑ

تاجب تہٕ کیاہ اَدِ بأطلس ژٕ سینہٕ سپر دژاکھ
بُڈی باپہٕ گٔس اوسۍ دیتۍ کمۍ شیر حُسیناؑ

یِمہٕ کوثرٕکی مأ لِک تہٕ تِمے تر‌ٚ لیشہِ کران پھیٚہہ
بے زان زانیٚار رحمتٕکی یِمہٕ سِر حسیناؑ

یِمہٕ اَہلِ بیٚتن ہیٚنڈی مُحِب چھِکھ دِل تہٕ جگر خون
نوٗحَن وَدِ اکھن چھُکھٕنہٕ یِمھٕ تأثیر حُسیناؑ

گوٚو خاک خاکس سِتیٚ اَکھکھ شُمر بیٚیہ یزید
گیہِ نأ لی ہِمن دوزٕخچ زنجیر حُسیناؑ

یَس خوش نصیٖب آلِ نبیؐ رأضی چھِ آسان
تَسُند باغِ جنّتس منز لیکھِتھ جاگیر حُسیناؑ



# ماہِ کربلا

محرمُک یُن چاٲنۍ دوہ کھ چھُم یاد پاواں یا حُسینؓ
کرٲلۍ چھم زخمن ووہ کھان رتہٕ اوٚش بہٕ ہاراں یا حُسینؓ

ژٲلۍ کمۍ از تام کُس اَکھ ژالہِ پیٹھہٕ کِنہٕ صبر سان
العطش، سِنح کرٲے، خنجر، تیرِ باراں یا حُسینؓ

ظالِمو ما تاب اونۍ حیدری ہمتھ وُچھتھ
بے سروساماں ژٕ رُودُکھ لرزٕ پاواں یا حُسینؓ!

دُشمنَو بیٚیہِ غلبہٕ کوٚر مُت بیٚیہِ منافِق ژوہ ے کراں
بیٚیہِ یزیدی موٚمنَن اَز پھاس ترٲواں یا حُسینؓ

باطلک اَنہٕ گوٚٹ وٕلتھ اَرِ وَر چھُ بیٚیہِ پَزرس ژوہ پٲری
وَبتہٕ چھےٚ چاٲنۍ استقامت گاشہِ راواں یا حُسینؓ

ظالمن ہندی دڑال وفتکی ابن سعد وبن زیاد !
غاصبن شمربن یزیدن ازتہ پلزاں یا حُسین رضؓ

دینِ اسلامس چھ کمہ آیہ گُھتنس کُن اُلگِتھ
کینہ وَر، بے دین، خودسر، گرتد چھ راواں یا حسین رضؓ

تیتھ بتُر ما چھُم ہلالس یُتھ کرے مَدح وثنار
پُر دُسِتھ سوبخس پیواں چھم لفظ راواں یا حسین رضؓ



# حضرت بابا داؤدِ خاکیؒ
# و
# وِردُالمُریدین

کشف بر خاکیؒ خیالِ پُرِ دُرو گوہر شُد است
بس مُزّینِ اَز خیالش اَسود و احمر شُد است

ذِکرِ صدرالاولیاء را وَہ چہ خوش منظوم کرد
ہر یکے کو آشنا شُد ''اَبہر و اَنور'' شُد است

قلبِ روشن، کِلکِ خوش رفتار در کار آمدش
زین سبب مدّاحِ ناظمؒ اکبر و اصغر شُد است

استعانت اَز درِ محبوبُ العَالمؒ خواستم!
مُشکِلم ہر چند مُشکل بُود آساں تر شُد است

ذِکر و فِکرِ پیر را ''وِردُالمُریدیں'' نام کرد
بہرہ وَر اَز خواندنش صد شکر اَیں کمتر شُد است

مُنکرِ مُلکِ ولایت اَز تعصُّب ہر کہ شُد
دُور گشت از راہِ حق زِندیق کور و کر شُد است

غم ندارد ہرگز اَز وَسواسِ الخنّاس ہیچ !
ایں چُنیں محبوبِ عالمؒ ہر کرا یاور شُد است

نیک گوید ہر کہ از اخلاص خوانَد روز و شب
"شُکرِ حق کیں شیخِ شیخاں مَر مَرا رہبر شُد است"

نَے بہشت خواہد نہ خوف آتش دوزخ کُنَد
عارفِ صادق نثارِ "خواہشِ دیگر" شُد است

گردِ نعلیں اولیاء را چوں شُدم از صدقِ دل
مُفلسئ دِل بَدَل اَز معرفت پُرزَر شُد است !

شیخِ مَن روشن چراغست ہست الیقانم ہلالؔ
زاں سبب ختمُ الرُّسُلؐ بر حالِ مَن یاور شُد است






اَگر چھُس عملہٕ کِنۍ تلاش یاغوثؓ
مےٚ ووتلان لوتہٕ چاٲنی آش یاغوثؓ

ژٕ گٔژھ منز میانہٕ باپتھ گاش یاغوثؓ
مےٚ چوٗنۍ کوچہٕ چھُم آگاش یاغوثؓ

صدائے قُم باذٕنی بنیہ کر کھنا
نکھس بیٹھ ہیتھ بہٕ پننہٕ نی لاکش یاغوثؓ

مُریدی لاتخف ارشاد چوٗنۍ !
بہٕ دُنیا چھُم یِھے بُڈ آش یاغوثؓ

کٔرِتھ سٔتۍ ژوٗر ژہیٚ اَبدال لوٗزم
مےٚ ناکارس تہٕ نظرآہ کاش یاغوثؓ

چھُس اَز گیر بنیہِ گومُت غمَن ہُنٛد

مٲنٛے بنیہِ ووٚتلیہِ چأنی آش یاغوث رح

ہلاَس خستہٕ دِل چھُم شاد کرتم

غمن ہُنٛد چھُم نہٕ ووٚنۍ برداش یاغوث رح



# منقبت

کرٕم لِلہ نظر یا شیخ حمزہؒ
دِلکِ نیرن مےٚ شَر یا شیخ حمزہؒ

ژٕ تخٕتس چھُکھ بہِتھ بر کوہِ ماران
گدا چھی زیرِ دَر یا شیخ حمزہؒ

ژٕ چھُکھ محبوبُ العالم لوٗ ہٕ سارِنی
ژےٚ بیٚہِ سارِنی نظر یا شیخ حمزہؒ

ژٕ چھُکھ زانان اَندرِم دٲدی سٲنی
ژےٚ چھےٚ سارٕے خبر یا شیخ حمزہؒ

بہٕ چھُس بدتر تہٕ کم تر دَر دوعالَم
بہٕ بے پَرٕ بے ہُنر یا شیخ حمزہؒ

چھُہ امہِ دَربارٕ سارِنی فٲض واتان
ژےٚ لَنِش فٲضکی اثر یا شیخ حمزہؒ

ژٕہِتھ گوٚسے گُذر دوٚہ دوٚہ مےٚ گوٗمُت
مےٚ حض پھُٹ ہِتی چھ پَر یا شیخ حمزہؒ

قلم ژُل فٲضہٕ کے تقدیر بدلیم
ژٕ لیم حض وَر تہٕ ذَر یا شیخ حمزہؒ

کران گتھ بوٗ نیرِنی اَتھ مرقدس چھی
مَلک جنّ و بَشر یا شیخ حمزہؒ

ژےٚ ہیٚنو کیس دٲتہٕ نظرن تل چھُہ آغا
سُہ پھیر یا دَر بدر یا شیخ حمزہؒ

ژٕ چھکھ دریاے عرفاں گژرایہِ ماراں عطا داماہ مےٚ کریا شیخ حمزہ رح
مےٚ چھم بَس چھون ڈکھ استادِ تھاوِتھ مہ حض ترٛاوُم پھٕر یا شیخ حمزہ رح

بَرس تل چھس ہلال آمُت مُدا ہیتھ
مےٚ لِلّٰہ پیشالہٕ بَریا شیخ حمزہ رح





ژھ اَز بڑلسوار یوّت أسی آے سأری
"علمدارا قلم چوٗنے چھُ جأری"
ژٕ ئے چھی دسگاہ تہٕ لِلّٰہ کرتہٕ یأری
علمدارا قلم چوٗنے چھُ جأری

ژٕ چھُکھ ننُدِ لوٗن کیاہ ننُدِ لالہٕ شوٗباں
چھُ ژارس کُن وُچھِتھ دِل سوٗن لوٗبان
پھولان دِل اَسہِ مَشاں دوکھ دأدی سأری
علمدارا قلم چوٗنے چھُ جأری

یواں یُس دِل پھُٹِتھ دِل شاد سیداں
گنگالن ڈیے گرژھکھ آباد سیداں
ژلاں أندرِم تہٕ نیٔبرم بے قرأری

علمدارا قلم چوٗنے چھُ جأری

شفاشاینَ بہٕ پھیوٗرُس دود للہ واں
حکیمن تےٚ طبیبن نبض ہاواں
پوٚلُس آسے بہٕ لوٚت کرتم ژٕ یارٕ ی
علمدارا قلم چوٗنے چھُ جارٕی

بہٕ یا ممتھ ژاس اندر صحن پاکس!
مےٚ لاجم چشمہٕ سوٗرمکہ بٔڑاژ خاکس
کرِم روضس مےٚ گیتھ وٗدی وٗدی ژوٚ یارٕی
علمدارا قلم چوٗنے چھُ جارٕی

مےٚ پھٹنس اوس آمُت بوس ریمہٕ ہا
تہٕ آغا ڈیڈِ تل درٕ پان دمہٕ ہا
کرِتھ واقف تہٕ وٕنہے داذی سارٕی
علمدارا قلم چوٗنے چھُ جارٕی

ہرٕاں چھی لوز دوہ تےٚ راتھ روضس
بہٕ تیےٚ اکھ زٔژ نیچ کانچھاں روزس
گرٕزھن اَنہٕ گٹہٕ گُٹھن اَدِ بلہٕ مےٚ تارٕی
علمدارا قلم چوٗنے چھُ جارٕی

ژےٚ نفسکۍ ژھل کرِتھ ناکام آغا
وبندُتھ اِنسانیت اَکھ کژام آغا
ژےٚ ترژووُتھ لُوب تےٚ مُہہ اہنکاری
علمدارا قلم چوٗنےٚ چھُ جاری

بَنِتھ آمُت مےٚ، کَس زانےٚ وُنِتھ حال
کوٚرُس نفسن بہ بیٚنہٕ نی سخت پامال
وَسالت کر، تہٕ لبہٕ پرہیزگاری
علمدارا قلم چوٗنےٚ چھُ جاری

مےٚ خارِکی بَر کرِم بَخشِد تِجُم خاری
شَہرِچ شربت بچیمِ چھَم دَم شماری
ہلالس چانِی پَرژھ چھُم فضلِ باری
علمدارا قلم چوٗنےٚ چھُ جاری



# میٲنہِ قلمہٕ

۱۔ قاضی حمید (حیات تہٕ شاعری) (تحقیق)

۲۔ عرفانِ احمد (حیات تہٕ شاعری) احمد شاہ پہلگام (تحقیق)

۳۔ انوارِ احمد (حیات تہٕ شاعری) (تحقیق)

۴۔ أحدی کھار سوپور (حیات تہٕ شاعری) (تحقیق)

۵۔ احساسٕ موٗل (ترجمہ ارزش احساسات) فارسی

۶۔ مَشال (ترجمہ: اِن کمیونین وِد کانشس نس۔ انگریزی)

۷۔ زادِراہ (اُردو مجموعۂ نعت)

۸۔ دشتِ شب (اُردو مجموعۂ شعر)

۹۔ لیٖہلاو (کأشُر مجموعۂ شعر)

۱۰۔ شفق (مجموعۂ کلام کشمیری)

۱۱۔ أکھ خاب أکھ تصویر (ترجمہ۔ ایک اور دروپدی۔ ہندی)

۱۲۔ کانٹے اور پھول (اردو۔ برائے ایس۔ آر۔ سی کشمیر یونیورسٹی)

۱۳۔ دیئے سے دیا جلے (اردو۔ برائے ایس۔ آر۔ سی کشمیر یونیورسٹی)

۱۴۔ دیارِ نبیؐ (مختصر تاریخِ مدینہ) زیرِ طباعت

## قاضی منظور دلنوی

۱۔ وأری دات (مجموعۂ کلام۔ کشمیری)

۲۔ انتخاب (مجموعۂ کلام۔ کشمیری)

FARHAN PRINTERS SOPORE # 9906859424